بُبیوٗر ہیٚتے حیوان۔ یہ اوٚس دپان کانٹرھا سوزن ... ۔" کُٹوٗزوفن ڈاج کتھ تہٕ لوٗگ تٔرکِستانہٕ کیٚن جنگچ تہٕ امن ماہِرٕ نیٚچ کتھ کرنہٕ۔ "آں ہیٚتے کجھ پرٕتھ انٛدلیٚبکہٕ۔" تٔمی ووٚن "جنگہ یابیچھ نہٕ تہٕ امنہٕ یابیچھ تہٕ، مگر یہ سوٗرے رُشیدِ عانہٕ موٗنس بیٚٹھ۔ یَس پیٚپارِن نگہٕ تَس چھُ سوٗرُے وٕنتنس بیٚٹھ وانان۔" تٔمی ووٚن فرآنسی کھاوتھ پھیرالن ۔" نٕنزِ تہٕ آسی تیتنی مشوٗرٕ دِنہٕ وٲلی ہیٚنٛی ہیٚبیٚر چھِنہٕ۔" سہٕ لوٗگ بیٚبیہِ پھُشیرِ دِنہٕ زِ مشوٗرٕ دِنہٕ وٲلی چھِ تٔرٕکی۔ اَمی مِلن اوٚس سہٕ نِنزِ وانہٕ سَنٛح پٲٹھی آورُمُت۔ "اوہ مشوٗرٕ دِنہٕ وٲلی تہٕ صرف مشوٗرٕ دِنہٕ وٲلی۔" تٔمی ووٚن۔ اگر اسہٕ تٔمن سارنُے سُنٛد لوٗزمُت آسہٕ ہیے اَسی آسہٕ ہٕوٗ دُنکین تٔرٕکی۔ اسہٕ آسہٕ ہیے یہٕ امن گوٚرمُت تہٕ جنگ آسہٕ ہیے جٲری، ہمیشہ وُناوٕلی عدٕ کھوٗ تہٕ تیٚبزٕ تہٕ وُناوٕلی۔ کامنکی نیٚرہیے سہٕ لگہٕ ہیے نِنزِ ناوتَس یسہٕ گو نٔزہ ساس نفر ہیٚتھ قٔلن طوٗفان انان۔ قلہٕ یاوُن چھِ سیٚٹھا سہل مگر مُہم کامیٲبی سان اَندٕ واتناوُن چھِ بیٚے مُشکل۔ طوٗفان تہٕ حملہٕ چھِنہٕ ضروٗر روٗزتھ۔ وقت تہٕ صبر چھُ ضروٗر روٗزتھ۔ کامنکی ییٚن سوٗزِی ہیٚنٛی سیپاہ رُسٕچکس پیٚٹھ حملہٕ کرنہٕ مگر ہیٚتےکر بیٚہنے پیٚٹھ پٔرٕ — وقتس تہٕ صبرس — نہٕ ہیٚتے زِ ہیٚتی کامنکی سِندِ کھوٗ تہٕ زیادٕ قلہٕ تہٕ تٔرک کھیاوٕناوِم گرٕی مازٕ۔" تٔمی کلہٕ نوٗو کلہٕ تہٕ فرآنسی تہٕ کھیاوٕکھ۔ یہ چھُ ہمیشون وادٕ۔ کُٹوٗزوفن ووٚن گرٕ مِنہٕ تہٕ ہیٚنٛی سِیتس دَب دِتھ ووٚنُن۔ "تِم کھیاوٕناوکھ ہٕ گرٕی مازٕ۔" بیٚبیہِ گیشہِ تٔمی سِتیٚنزٕ اَچھ اَشہِ سٔرِی۔

"مگر مُقابلہٕ بیٚبیہِ اسہٕ کرُن۔ بیٚبیہِ نا؟" شہزاد آندرے ییٚن ووٚن۔ "اگر سارِنٕے ہِتنز مرضی نی چھِنے نہٕ لٔڑِو۔ تتھ چھُنہٕ چار مگر میٛانہٕ گوٚبہٕ میانٛ لفظ تھاویاد۔ سارِوٕے بہوٗ دُروکھوٗ تہٕ مضبوط جھِ ییم زِ —

وٕفت تہٕ صبر ـــ یِمے چھہ سوٗرٕے کرٲن مگر ساینہِ دانا مشورٕ بازن چھُنہٕ
یہِ فِکرِ تران تہٕ تُسے چھُ مُشکِل۔ اَڈی چھہِ دپان اوٕ تہٕ اَڈی چھہ دپان نہ۔
کرِ کیا ہوٗ ہیوٗ۔" تِمو پرژھ تسٕی یا ٹھی جواب بوزنہٕ کِہ غرضہِ۔ "وَن سانہٕ۔ چاۓ
کینہٕ کیا گژھہِ بہٕ کرُن۔" تِمو ووٚن بٔبیہٕ تہٕ تِمو ستِتھٕ اَچھ گٕبہٕ ٹیٹھٕ وہریتھ منٛز
سیٹھاہ ہُشیاری ہنٛز یاوتھ آس۔" بہٕ وَنے ژےٚ کرُن کیا گژھہِ۔" تِمو
ووٚن یانے ہیٚلہِ شہزادٕ آندرے یَن کتھا گرٕ نہٕ کینٛہہ۔" بہٕ وَنے ژےٚ
کرُن کیا گژھہِ نہٕ بہٕ کیا چھُس کرٲن۔ " ہیٚلہ انسان شَکس منٛز پیٚیہٕ تیٚلہِ
گژھہِ نہٕ کینٛہہ کرُن۔" تِمو وُنی ژاینِتھ مانٛنِتھ یہِ فرٲشی کیاوتھ۔

"ادساٹاٹھہِ۔ الودا۔ بادشاہ چانہِ بیاونک چھُ ہیٚمے
سخ افسوٗس۔ چانہِ خاطرٕ چھُس بہٕ عٲلی مقام تہٕ شہزادٕ تہٕ تہٕ کمانڈرن چیف
بلکہِ صرف ہول۔ اگر کینٛہہ ضرورت آسی سیٚبو ڈُے گژھہ ہیٚے رٕنِش یِیٚن۔
میٚیانہِ گوٚ بر۔ الودا۔" ییٚبہِ کوٚر تِمو اَمِس نالہٕ موٚنت تہٕ میوٚکھ۔
شہزادٕ آندرے یَن اوسُن نہٕ وُنیہِ دروازٕ تہٕ بند کوٚر مُت
زِ کنٹو زوفن دیُت وہ شانٛزر آدِتھ دروازٕ تہٕ لوٗگ مادام ڈٕ جنلس ہنٛز
ناول لے شوالبارس ڈُرگنے پرٕ تہٕ بوٕ سہٕ وُنیہِ تِمو ہو کلاوشر آس نہٕ۔
شہزادٕ آندرے ہیٚکہٕ نہٕ وَنِتھ زِ تِمِس کیازِ تہٕ کتھہِ کٔنہ
آو یہِ خیال مگر سہٕ گو رجمینٹہ منٛز جنگہِ کِس ییٚنہٕ وٲلِس رُح رکانس تہٕ
اَنِج رہبری کرٕن وٲلِس اَمِس شخصس بیٚٹھ پوٗرٕ انیٚاد ہیٚنتھ والیس۔
یوٚت اَمِس ہنِہ ہنِہ صاف یاٹھی فِکرِ تران اوس زِ اَمِس بڈٕ رہبرس
منٛزِ چھُنہٕ کانٛہہ چیٖز ذاتی، اَمِس نِش چھُ یِیُن اکھٕ چیٖز رووُمُت تہٕ
سُہ گو جوشہٕ ہُنِک عادتھ۔ اَمِس چھُ واقعات یکدم سمجھن واجنہٕ تہٕ منصوبہٕ

بناوُن واجنہ لۄزبدلہِ واقاتن ہندِس ووشنہٕ لۄس بیٹھ ٹھنڈٕ دِلہٕ غور
کرنہٕ تک چھنہٕ باقہٕ نیوٚن اوس تِمس وارٕ بیٹھان زِ سپدن دول چھُ تِمی
پزٕ سپدُن گژھہ۔" یہ تژاوس نہٕ ہیٚنٛ گژھن۔ یہ کٲڑ نہٕ پننہٕ طرفہٕ کٲہن۔
یہ ہیٚیہ نہٕ پانس بیٹھ کٲہن۔" شہزادٕ آندریے بیٚن سوٚنچ۔" مگر یہ لۄز
سوٚز سےٚ۔ پرٛتھ کُنہِ بیٹھ سوچنہٕ۔ پرٛتھ کانٛہہ چیز تھاوُن پننہِ جایہِ۔ کُنہِ
فائیدٕ مند چیزس کرنہٕ نہٕ ٹھوٚر نہٕ کانٛہہ مُضر چیز دینہٕ نہٕ سپدنہٕ۔ اُمِس چھےٚ
خبر زِ کانٛہہ چیز چھُ میانہٕ بڑاد کھوٚ نہٕ زیادٕ مضبوط نہٕ اہم نہٕ سُہ گوٚو واقاتن
ہُند رفتار یِتھ نہٕ کانٛہہ چارا چھُ۔ سُہ چھُ تِم (واقات) وُچھِتھ ہیٚکان۔
تِہنزا اہمیتھ پرٛزناوِتھ ہیٚکان نہٕ تِہنزا اہمیتھ پرٛزناونہٕ کینہہ چھُ دخل دِنہٕ
نِشنہِ بینہٕ تِس پیادس تا بیٚن روزنہٕ نِشہِ نہٕ بیٚیہ کانٛہہ چیز بیٚن منزِل
بناوُنہٕ نِشہِ لوٚب روزان نہٕ اکھ خاص وجہہ۔" شہزادٕ آندریےین سوٚنچ۔
" بیٚیمہِ کینٛہہ انسان اُمِس بڑھ گران چھُ۔ چھُ یہ زِ یہ چھُ روٗسی۔ اَدٕ یہ مادام
ڈِحِلس ہنزِ نے ناولہٕ پٔرِ تن نہٕ فرانٛسی کتھا وٕنزے پھِرِ تن۔ اُمی سٕنز آواز
لیچھ نشرہِ بیٚیلہِ اُمی ووٚن۔" اُسی کتھ ہالس چھکھ وانتاوی تھنیہٕ۔ نہٕ اُمِس
گےٚ اُشی گنڈ بیٚیلہِ اُمی ووٚن" یہ کھیاوٕ ناوکھ تِم گرٕی مازٕ۔"

بہٕ اِنجاس اوس لگ بگ زٕ اٚنِتھ ماٚنِتھ سارِنے منتر
عام نہٕ اوٚکینہٕ اوس کٹو روفہٕ سِندِس کمانڈرن چیف بناونس قومی جذبہٕ
مطابق نہٕ دربارٕ چین سازِشن خلاف سارِوے تا ٔبید گورمنٹ۔

# ۱۷

ژٕرِ سٕندِ ماسکوٕہ بیٚرٕ نوٚبٕتہٕ آسِہ تٔمِس شہرٕچ زندگی
بٔڈیہِ تیٚمہِ وِسےٚ تالو وسان ہیٚمَن ہنٕز تِتھہٕ ہال آسُس تہٕ اُچھ گژھا ےٚ آس
تیٚتھہٕ کٔنٛہ بیٚٹھِہ بنیٚتھ شابہ بیٚٹھہٕ ژٕ وطنٕ کرِ محبتُک سُہ جوش تہٕ سُہ جذبہ
اوٚسُس ژٕیتِس پاوُن تہٕ مُشکل۔ بہٕ یژھ کرِ ڈی نتہٕ آسِ مُشکل ژٕرِ ژٕوسُس کیا
چھُ کاشہٕ خطرٕ تہٕ انگریزی کلبکی میمبر تہٕ کیا چھُ تِمکی تابیدار اولاد یِم تِمہِ
خاطرٕ کاشہٕ تہٕ قوربٲنی دِنَس بیٚٹھہ تیار چھہٕ۔ ژٕرِ سٕندر ماسکو روزنٕ کِنہ
دہ ہِتَن ہنٛدِ عام خبرِ وُلٹنُک وُلولہ یا دِیاوُن وول اوسُس اکھ چیز
رٔود مُت تہٕ سُہ گو رعہ بیٚن تہٕ (زبرٕتی خاطرٕ) نفرَن ہنٛز منگ تہٕ
بِہ منگ آسِس یکدم فونوٗنی تہٕ دفتری رنگس منٛز انیٚتھ آمٕژ تُہنٛز زَن
بِہ لابلاج باسِہ پیٚے۔ دُشمن اوسُس ماسکوٕہس نِکھہ نکھہٕ پکان مگر
امِہ سٕتی آس تہٕ انہٕ روزن والین ہنٛدِس تتھٕ وُطبرس منٛز زیادٕ
سنجیدگی پیوان لبٕس تِمو پکنٕ حالژ مُتلق پائی رومت اوسُس تتھٕ
وُلٹہٕ اوسُس بہٕ زیادےٚ ژھوٚژ بیان۔ ٹکھ بیٹلہ کاشہ لوٗڈ خطرٕ نزدیکھ
واتان وُچھن سٔتبلِ چھُ پی سیدان۔ خطر تُہنٛد بہتٕ وزِ چھپےٚ ہمیشہِ
الٲنہٕ سٕتدِس دِلس منٛز ژٕ پیٚشے زور دار آواز ووہ تلان۔ اکھ چھُس
بدمناسب پاٹھی وپان غور کرٕ خطرٕکِس فِتمُک چھُ تہٕ امہٕ نتیجہٕ ونہٕ
کیا چھےٚ۔ بیا کہہ چھس امہِ کھو تہٕ موقول پاٹھی ونان ژٕ خطرس پیٚٹھ

سوچِنٕ چھُ زیادٕے ڈگ تُلان تہٕ برم پاوان تہٕ کیازِ یتھ کینہہ تژوٗ نہٕ چھے
زانُن تہٕ واقاتن ہندِ عام رفتارٕنٛش زٕرُن چھُنہٕ انسانس ایٚچھنباری امہ کنہِ
چھُ دوہ کھہ داو مسلہ نش بیٚہتر اَچھ وٹنہٕ یوٚنانی سُہ تژونُھ کُن واتہ تہٕ
حالس خوشہ وُنن چیزٕنے بیٚٹھ سوچِنٕ ۔ تنہائی منٛز چھُ انسان ہوہ گوٚڑنٕچ
آواز بوزان تہٕ جماژ منٛز دوٚہیم ۔ یوٚہوے اوس دوہ نِ ماسکوکین بسکین
ہُند حال ۔ امہ وٗری تیٚچ ہیٚنٛش شادابی آس تہٕ ماسکوہس منٛز یٔژ کانٛہ نظرِ گژھہ

راستوپ چینہٕ سندِ اشتہارن اوس بیٚہ کینہ شراب
وان، کرٛال تہٕ ماسکوٗ یک گاڑی گرہ کارکُنن کا جھگڑہ چھاپتھ بیہم ملیننا ہس منٛز
اُژتھ یوٚزمُت اوس زِ بیٚنولین چھُ یژھان ماسکوٗئن تہٕ اوس دولِتیوٗمُت۔
سارِنٕے فراشن آسن سیٚخ لیٚکھ بیرہ منٛز شراب وانہٕ منٛز اوس دژامُت
تہٕ ہیوٚ تمُت اوسُن "شہبازٕ سندِس تصویرس نَل تنی سمیٚپتی" لکن
تقریر کرُن" ۔ یِم اشتہار آسی تھچھے کُنی ییرہ یوان تہٕ یمن بیٚٹھ اوس تنہٕ کنی
بحث سپدان ییتہٕ کُنی وسیلی لوٚوچ یُتھکن سٕتھ زٕنک ہندی بیٚٹھ سپدان
اوس ۔

کلبہ کِس کوٚ تہٕ بیٚٹھ کس کمرس منٛز آسی سیمہ یِم اشتہار پیرہ تہٕ خاطرِ سمان۔
اڈہن اوس خوشن گران زِ کارکُنن کا چھُ فراشن ذرٹ کران ہووُمُت ۔ یِہ
ڈیٚتھ زٕ "روسی بندگوی کھیٚتھ ہیٚتن، سون وشکہ ووٚن کھیٚتھ کھیٚٹن، تہٕ
بندگوی رسہ سنٛز گژھہ عکسہ شاہ بند ۔ تم چھِ زٕھوٹینگہ تہٕ تھِنتن تنیفن
تژین کُلڈِ اَکھ اَکھ گز لیٚبی بارے دژانہٕ ستو دیٚت"

اُڈی آسی تہٕ یہ لہجہ پسند کران تہندی کنی اوس یہ بٔہدِ تہٕ
احمقانہ ۔ یُکھ آسی دیان راستوپچینن چھِ ساری فراشنٕ تہٕ غار ملکی ماسکو

منزکڑ ناوِ دِتھ تہٕ دیان آسی تمِن منز آسی اُڈی عبوُس تہٕ بیٛولیہٕ سندی اینٹہٕ۔
مگر یہ کتھ آس زیادٕ بہِن سٕہ جاپھٹہ بیری خاطرٕ وتہٕ پوان لیُس راستوپ
چیِن تمہٕ ورٕ دٕوٕ ننمت اوس۔ تمارٕ ملکی لکھ آسی اکِس سمندرٕ بہٕ جہازس کھالتہٕ
آمتی نیٛچھ ترنٕ ٹنگرٕ ھن اوس تہٕ راستوپ چیِن اوسنکی وٕڈ ننمت "پیٛن
یان ٹرٕ وٹیہ۔ ڈسمٕ ناوٕ تہٕ عیس گرٕ دٕ بیٛہ بیٛنہ ہُند خاطر تمارا ہٕ سینزٕ دبیٛرٕ"

نوٹ :۔ تمارا ہٕ سینزٕ ناو : یوٕ سہ روٗعن عیٛنس توات بچیے۔

لوٗناتی دلوٕ مالا) لکھ آسی یہ تہٕ وٕنان زِ ساری سرکاری دفترٕ تیٛ ماسکو
منزٕ لڈٕ تہٕ آمتی تہٕ اتھ سینوٕ آسی شٕنٕ چیٛنہ نٕ شدیہ تحویلہٕ تہٕ بیٛران زِ امر
اکہٕ چیِٛرٕ سہ کتھ شوٗیہ ماسکو والین بیٛولین شُند شکر گزار روزُن۔ لکھ
آسی دیان ماموٗنس چیٛرٕ بیٛنہ رحمتہٕ بیٛٹھ آٹھ لچھ خرچ گژھان۔ بیٛزٕ ہوف
چھِ امہ کھوٕ نہ صاف زیاد خرچاوان۔ مگر بیٛزٕ ہوف ہٕ سینز جیٛنہ وطنک پیار ۔
کھوٕ تہٕ پانہ لوٗڈنٕ لوٗکہ چھ یہ زِ سہ لاگہ وردی تہٕ پیٛنہ بیٛنہ رحمتہٕ بٕروٕ نٹھ
بٕروٕ نٹھ تہٕ امہ تماشہ خاطر ہیٛبہ تہٕ سہ کاٗنسہ تہٕ کینٛہ۔

"نوٗہ چھوٕ ہٕ کاٗنسہ تہٕ پٔران ؟" جوٗلی دِ پیٛنہ پانہ ووٗن داخل
دار زاوی جن اوٗنگجی منز اکھ دکہٕ ٹرٕ دٕ رٔ آو منزٕ دجہ تٕرٕ وٹھان وٕ ٹھان۔ جوٗلی
اوس بیٛگاہ بیٛرُن تہٕ سوٕ آس اکھ الوداعی سالہ مجلس دوان۔

"بیٛزٕ ہوف چھ بیٛہوٗد۔ مگر سہ چھ سخ دِلہ شوٗد، سخ زٹنا۔
بیٛچھ زٕ دٕ وٕنی بیٛنہ کوٕ سہ خوشی چھوٕ پٔراران؟" ر بیٛہوٗد تہٕ زٕ دٕ وٕ ڈٕ لفظ
ڈٕ ونی تمہ فراشی پاٹھی۔

"تھیٛنڈ کھ" رضاکار وردی لاگنہ اکھ جوان ووٗن بیٛمس
جوٗلی میٛتوٗن بیٛہوٗدرٕ، وٕنان آُس تہٕ لیس تمہ سے بیٛنہ ترنٕ ٹنگرٕ ھن اوس

ماسکوکین وار باہن علفن پتہ کریا ٹھو اوسن جوٗلی ہندس علفس منز تہٕ ووٚنی اوٚصولہ بہ ہینیو مُت نہٕ کیٚنہہ گژھن صرف رٔوسی باٹھ کرُن ۔ یُس غلطی کیٚنہہ فرانٛسی بولان چھے تس اوس رضاکارانہٕ چندٕ سوٚمبراوُن واجِب ۔ کمیٚٹی کُن جُرمانہٕ برُن ۔

"بیاکھ جُرمانہٕ فرانٛسی محاورٕ خاطرٕ" اکھ رٔوسی اوٚدیبن ووٚن یُس اُتی اوس "خوٚشی براوٕنی" چھیٚنہٕ رٔوسی محاورٕ"۔

"ژٕ چھکھ نہٕ کانٛسہِ نہٕ بچاوان۔" جوٗلی گیہ اوٚدیبس ٹھٹھ کرتھ ونان یہ واے کرُن ورائی رضاکارس وَنان ۔

"ژٕ وُنی، موٚنہ۔" تمہِ ووٚن "بہٕ دِمے ژٕ سےٚ بیٚنہ وَنتہٕ خاطرٕ نہٕ جُرمانہٕ، تمہِ کھوتہٕ زیادٕ نہٕ ۔ مگر فرانٛسی محاورٕ بابت چھُس نہٕ بہٕ ذِمہ وار ۔" تمہِ ووٚن اوٚدیبس کُن ۔ "سےٚ نہٕ چھیٚ روٗد بیٚنہ نہٕ فُرصتھ زِ بہٕ کیا لاگُن شہزادٕ گالیٚتزِن سندی باٹھ رٔوسی ہیٚچھناونہٕ خاطرٕ ماسٹر۔ ہیٚنہ سا اوسے۔" جوٗلی ووٚن ۔

"ہیٚپلرکانٛہہ رحیم لفظ ووٚنِن فرانٛسی باٹھی ...... نہٕ نہٕ ژٕ ہیکھ نہٕ ہیٚے رُٹتھ۔" تمہِ ووٚن رضاکارس "ہیٚپلر کانٛہہ اغنیٛج کتھ چھُکھ کران تِس چھیٚے یوان تمہِ جبرٕ ژٕ بوزنہٕ ۔ اسہِ اسی وُنی چاۓ کتھ کران۔" تمہِ ووٚن پیرےٚ لسن کُن مابہٕ سان وُدھ کُمجار کران ۔ نہٕ سیٚتی ووٚنُن مجلس آرازنانہٕ ہند خاص اینز باریکی آبہٕ "اسہِ آسی وَنان چاۓ رجمینٹ بہٕ ماسونو فرسیند کھوتہٕ جان۔"

"اوٚہ ۔ میانہِ رجمنٹک منٛز وَنتہٕ ہیٚے کیٚنہہ۔" پیرےٚ ین ووٚن جوٗلی انٛفس میوٗٹھ کٔرِتھ نہٕ تمس سیٚتی بیٚہتھ۔ "بہٕ چھُس انٛفہ سیٚتی سخ تنگ آمُت ۔"

"ژٕ کرکھ ضروٗر انٛفہ بابتھ رہبری۔" جوٗلی ووٚن رضاکارس کُن ربا کار تہٕ ٹلنہٕ ہنٛز لشکر کرِتھ ۔

رضاکارس اوس نہٕ پیرےٚ لسن برٕ وٕنِتھ کینہٕ لسنہٕ گوٚربہٕ نک

براد کیتھ۔ تمہ ستہ دِس تہِس بیٹھ ننہوچار تھ ز اما جولی ہندِس وُ تھہ کمچارس
کیا ماتے چھُ۔ پیرے اوس رووُمت ہیوٚہ تہٕ دلہٕ شوٚد مگر تہٕ وننہٕ کنہٕ ہیٚکا
تہٕ کاشہٕ تمس تاپہٕ تُرُتھ۔

"نہ" پیرے تیٚ ووٚن اسان اسان پیٹہٕ نس ڈیساتہٕ باگرِ ترنس بانس کُن
نظر اکر تھ۔" بہ ہیٚکہ فرانسس ہندِ جان نِشانہٕ تیٚنتھ۔ تہٕ بوٚزُ چھُ بہ نہ
ہیٚکہ چھ ہیوان لمبی گرِ س بیٹھ پان کھالُن۔"

جولی ہندی دوس آسہ زیادٕ ہٕ ہیٚکا روستوفن ہنز پرے آٹھ غاٹھ کران۔

"دیان تمِن چھُ انتہٕ سخ تنگ" جولی ووٚن" تہٕ کتھ چھ تمِتھ پے حسابہٕ
رازموسکی تیٚ اوس تہند مکانہٕ تہٕ تمہٕ ستی تہند جاگیر تہٕ ملی ہیوٚن تہٕ
بہٕ املہٕ چھُ وُنہٕ الونڈے۔ ستہٕ آسہ زیاد منگان۔"

"نہ۔ مےٚ چھیٚنے رایہ سوداگر گژھہٕ جلدے۔" کُتمہٕ ناڈی ووٚن۔ حالانکہ
ماسکوہس متنزارہٕ کل کیٚتھ تُلمہ ہیوٚن گوٚ حترِ۔"

"تہٕ کیازِ ؟" جولی ووٚن۔" ژےٚ نہٕ آسی بہٕ مِتھ خیال کیٚتھ زِ ماسکوہس
کیا چھُ کاتہٕ خطرٕ۔"

"ژٕ کیازِ چھکہ تیٚلہٕ بیٚنہٕ ترلان۔"

"بہ۔ ہا۔ بہٕ چھُ عجیب سوال ؟ بہٕ چھس بنزان تہٕ کیازِ ......۔ بس تہٕ کیازِ
ساری چھ بنزان۔ بہٕ نہ چھس جِمن ڈ آرک نہٕ نہ امازن۔"

"اوٚہ۔ اوٚہ۔ مےٚ دِتہٕ بتاکھ دبہٕ تمہ تہیا دوٚ نژھہ راونہٕ بایتھ۔

"اگر سُہ بہٕ پہال باکھ اشز راوٕ، سُہ ہیٚکہ ساری قرض نکھہٕ واتھ۔"

رضاکارن ووٚن کتھ روستوفہ ستہٕ۔

"سُہ چھُ دلہٕ صاف ڈ مگر تیٚنخ فاتر چھُ۔"

"تِم کیاژ ہیتِس کالَس ووڈ ہیٚنہٕ رٕوزِتھ؟ تِمن ہے کرٕ تانی کام ہیٚرن
اوس۔ مےٚ چھُ خیال نتالی (نتاشہ) چھےٚ ووڈ وارٕ بلیمز۔" جوٚلی پرٕژھ
مسکاروٚٹھ کُمجار کٔرِتھ پیٚیرےلیس۔

"تِم چھ کیٚنہہ مینچہ سِس پیاران۔" پیٚیرےتَن ووٚن۔ "سٕرلیٚوو
اُبولِنسکی سِندِ ین کتھن اکثر ستھی نتہٕ سٹوٚرکھ بابِلاتزروف رجیٚمنٹ ہیٚمہٕ نتی ہیتاوتہٕ۔ مگر ووڈ
چھکھ میٚشانہٕ رجیٚمنٹہٕ منٛز سندٕ بِل گوٚرمٹ تہٕ وہ سے چھ تَس پیاران۔
کنٛوٹ اوس نیلی کرٕتھن نیٛرِھان۔ مگر کنٛوسَس چھیٚنہٕ ہیٚنجوی سٕندِ وانتہٕ
ترٛونِٹھ کُنہٕ قیمتس پیٹھ ہیٚرنس تیار۔"

"مےٚ چھ اوٚنز تِم ارہروقہ ہتد۔ نتالی چھےٚ ہیٚمہٕ ہیٚمز نِس زنگس
نتہٕ مزارس منٛز آمٕژ۔ تِمہٕ گیوٚ اکھ بائٔتھ۔ کینٛہہ لکھ گو تا ستحل پاٹھی چھ
ہیٚرنٕھ کُنہٕ پیٹھ غالِب پوان۔"

"کتھہٕ پیٹھ چھ غالب پوان؟" پیٚیرےتَن پرٛژھ مارا ٹھنگی ہٕنٛد رنگ
رٕستھ، جوٚلی کُہ روٚڈھ کُمجار۔

"اوہ کنٛوٹ۔ بوٗز۔ ژٕ سیٚہہ ہوٚی دلیبر مرد ماٗدان چھ ہرف مادام
سوٗزابیہٕ ہنٛزن ناوِلَن منٛز آسان۔"

"مرد ماٗدان! کیا مطلب؟" پیٚیرےتَن پرٛژھ دِمہ شَلِتھ۔

"نزاد ووڈ میٚنانہٕ ٹاکھِ کنٛوٹ۔ ہیٚرٕ چھےٚ ساری سے ماسکوہَس
خبر۔ بہٕ چھس تیٚمِس ہےپہٕ ستھ ٹھاران۔۔۔۔۔"

"پیٚنٛدٕ کہہ ہیٚنٛدٕ کہہ۔" رفساکارَن دوٚن۔

"اوہ۔ ادِ جان گو۔ اِنسانَس چھےٚ کتھ بنان کرٕ نی عجیب وہ بال
چھُہ۔"

"کیا چھےٚ ساری سے ماسکوہس خبر؟" پیٚیرےتَن دوٚن شرارتہٕ سان۔۔۔"

"بکواس کنٛوٹ، ژٕ چھےٚ خبر۔"

"ہےٚ چھیٚس اِژ کہنہٕ خبر۔" ہیبرے یَن وۄن۔

"ہےٚ چھےٚ خبر نتالی سِتی گاژا سٟتھ یارٕ ژھےٚ ژےٚ آسِتھ۔ نعار....
ہےٚ چھےٚ زیادٕ دوستی ہمیشہٕ ویرا یہ سِتی رۄزمژ۔ تہٕ ماٹھ ویرا۔"

"نہ مادام۔ ہیبرے یَن کوٚرژٕ کھۄسان زور۔" ہےٚ چھیٚتہٕ گُتٕ زنگہٕ
کنٛوٹس روستوفہٕ تہٕ نواب بٕنہٕ ہنٛج کام ذمہٕ ہٟتژمژ۔ یوٚتہٕ تۄرٕ ہےٚ گو
لگ ہَگ اکھ رٟتھ تِمن نِشہٕ گژھنس۔ مگر یہ ظُلم چھُیتہٕ ہےٚ فکرِ نٕران...۔"

"بٹیمی ماٹھی منٛج تمی ہیوٚت مٹہٕ۔" جۄلی وۄن وُشھ کملاوتھ تہٕ زیٖنن
والی سِندی پاٹھی نِبنٕ بیچھ نٕرگلہٕ ناوان تہٕ یکدم پدلووُن موضوٗع گیٖتھ یہٕ تمی
سِنٛتر کنتھ پیٹھی کاشہٕ کتھ کرِ ہے۔ "مِنزی وَنٛے یوژان آسِس۔ بٟچارٕ
مُری یا بالکانسکی وآژ راتھ ماسکو۔ ژےٚ بوٗز نتہٕ تمِس چھُ مول موٗد مُت؟"

"مِنزی؟ کتِہ چھےٚ سۄ؟ یہ گژھہٕ ہَس سمجھِتھ۔" ہیبرے یَن وۄن۔

"راتھ شام گُذر ہےٚ تمی ہیے سِتی۔ آژ یا پگاہ صُبحن گژھِ سۄ
باتِچھِ ہیتھ گام جاگیرس ییٚتھ۔"

"ادسا۔ یہِ وُنتھ وارے چھا؟" ہیبرے یَن وۄن۔

"آں۔ چھےٚ وارٕ مگر سٟتھ چھُس ہیوٚ تمُت۔ تبر چھُبہٕ مہٕ کلاوِتھ کتمی
چھیٚنہٕ اُذمژ، ہا اکھ روٗمانسا چھُ یہِ۔ نکولاے روستوفن۔ تِمس اوسکھ
گٟبرِ کوٚرمُت۔ سو آسکھ ہٟتژمژ چھوکہٕ لدکہٕ ڈینہٕ توکہ آسی ہَس ہٟتی یتھ
مارِ ذ۔ سُہ دور تیوتہٕ بچاوُن......۔"

"بیا کھ رومانس۔" رضا کارن وۄن "گژھن یہ ژٕ لار لگنگ مقصد
چھُ زِ سارے بچہٕ اِنہری ستہ گژھن نکھہٕ وَسنہٕ۔ اکھ گیٛہ کانتش تہٕ بیا کھ

کیہِ سٕنٛہر آدی مرِ یا۔“

”بوزٕ مےٚ چھےٚ پتھ زِتس چھُ رٔژھ کھنڈٕ امِس حوالہٕ سٕنٛد عشق

گوٚمُت (ییم لفظٕ وٕنِن فراشنی پاٹھی)۔“

”بھینڈکھ، بھینڈکھ، بھینڈکھ۔“

”مگر یہِ گژھہ کینٛہہ ژٕنٛگی وَنہٕ کانٛہہ رٔوسی پاٹھی۔“

# ۱۸

بیپرے بیئلہِ واپس گیہٕ ووت تمِس ڈٔنکہِ راستوپ چین سٕندی زٕ پوسٹر

ییم نٔوی وٕڑا منیٚ آسی۔

گوڈنکِس منترٕ اوس یہِ ایلان زِ یہِ افواہ چھےٚ غلط زِ کنٛوٹ راستوپ چینہ

سٕنٛدِ حکمہٕ موٗجب کیا چھُ ماسکو منٛزٕ ینٛہِ نٕس منع کرنہٕ آمُت۔ سٕہ چھُ اکھتے

نعوشش زِ زنانہٕ تہٕ سوداگرن ہنٛزٕ آشنہِ چھےٚ شہر ترٛاوان۔“ خوفہٕ سرٕ اسس

تہٕ افواہن گژھہ کیٚمی“۔ پوسٹرٕ اوس وَنان ” مگر یہِ لاگہٕ امہِ خاطرٕ یانٛ داوس

تہٕ بدماشن اژن یُنٛہٕ ہرگز تہِ ماسکو۔“

ہیمو لفظو تلہٕ توٚر بیپرے تسِ گوڈنچہِ لٹہِ فکرہِ زِ فراشن اژن چھوٚر ور۔

ماسکو۔ دوٚیمِس پوسٹرس منترٕ اوس ایلان زِ ساتی ہیڈکواٹر چھےٚ ویازما۔

کنوٹ وٕ ٹجنسٹپنٕی چھیٚ فراشن شٕکس دِژمٕژ مگر ووٚنی ہیٚلہِ ماسکو ہکِو وارِیاہ
ٹُکین چھہٕ نٕتھٕی یار حاصِل کرٕنی پژھان، اسلحہ خانس منٛز چھہٕ نہٕ تہٕنٛدِ خاطرٕ
تھٕی یار معہ لبیر ٹھاونہٕ آمتی۔ ننہٕ ہکن شمشیرٕ، پستول تہٕ بنٛدوٗق سروٕ گرِ موٚلہٕ
بٕرٕاونہٕ یِتھ۔

بیمن پوسٹرن ہُنٛد لہجہٕ اوس نہٕ تنٛتھ اُسُن لایق یوٚتاہ بِیرٕو نٕتھٕی مین
زِ ھکہِ بینہٕ سینزن فرضی کتھ باشُن ہُنٛد اوس۔ ییمو دہ یوٚ پوسٹرو کوٚرہ
بیٚپرے غونُن۔ ووٚنی اوس تمِس نوّن پاسان زِ سہ وٕ خشتہ پاوٚن وول
واوٕ طوٗفان چھہٕ نکھہٕ واتان ییتھ تمی سُنٛد سورُے روٗح پیٚاران اوس حالانکہ
تمہِ سینٛتی آس نوٚ بیچ اکھ ٹھنٛھرٕ اسے وٕ ٹھان۔

"بہٕ اژا نوکری منٛز تہٕ رٕلہِ فوجس سٕتی کیٚنہٕ پیٚارہٕ؟" بیٚپرِ بن
سوچان یہ سوال اوس اژتانی تمی ہتہِ لیٚڈٕ پانس بٕرٕژھمُت۔ میٚزِ سس پیٹھ
آس اکھ تاسہٕ بوٚدرٕ۔ تمہِ نِش بہٕ تہٕ لوٚگ گٕنٛدٕ زوٚن گیٚندنہٕ۔

"اگر بہٕ پیشنسٕ اُگنٛدٕ نس منٛز کامیاب گوس۔" تمی ووٚن
پانٛنی پانس اتھس منٛز اتھ تاسہٕ بوٚدرٕ چھا نیٚتھ دِوان دِوان اسمان کُن نظر
کٕرِتھ۔ "اگر بہٕ زِ بینہٕ تمٕتیک مطلب گو... کیا گو نمٕتیک مطلب؟...."
تمِس آو نہٕ فاصلہ کرنس موقع تہٕ کیاز تمی لوٚد بینہٕ نس یٚرن کمرٕ کِس برٕ سس پیٹھ
بجہٕ ہیشہِ شہزادِ ہنٛز کتھ زِ ہیٚتے چھا اندر اژنس اجازت۔ "تیٚلہِ گو امیک
مطلب ہیٚتے یٚزِ فوجس منٛز اژنہٕ خاطرٕ گژھن۔" بیٚپرے تین ووٚن پانٛنی پانس۔
"اژھ۔ اژھ۔" تمی ووٚن شہزادِ۔

تمی سٕنٛزو بیمو آشناو کور بوٚ منٛز آس صرف زٕ ٹھی ہیش
ووٚنی تمی سنٛدِس مکانس منٛز روزان، سوے ییٚمِس زٕ بوٚ ٹھ کمیرٕ تہٕ کتی

ء تاسہِ بیچ اکھ کھیل یوٚ سہ اکھ نفر گٕنٛدٕ زوٚن گیٚندان چھہٕ۔ یہ چھیٚ فال وُچھنہٕ خاطرٕ گیٚندنہٕ یوان۔

ہیوٚہ بُتھ اوس ۔ یہ کیچھو دوہ یو بٔنیوو اوس بینہٕ کُرزِ مُتۍ ۔

"یور بیہ خاطرٕ دیزِ ہم مافی۔" تمہِ وُوٚن افسوسہٕ کِس نہٕ یانہٕ بیہنہٕ
لہجس منٛز۔ "کینٛہہ ننہ گیٚیہ فاصلہٕ بٔڑہ کٔرِتھ۔ کیا چھُہ سیدین وول ؟ ماسکوہس
منٛز ژٕلی ساری۔ عام لُکھ چھِ گٔمٕتۍ ۔ اسی کیاہ چھِ یتہٕ بیتھ روزِ تھ؟"

"اتھ برخلاف چھُ باسان سوٗرے چھُ تسلی بخش یاکھُ سیدان۔"
بہیرے یِن وُوٚن تمی گِیدِن گرٕ آبہٕ بیچھہ کٕنِ تمس اُمس اَستاد کوٚرِ ستنی کٔنِہ
کرنس حال آسہ گٔمٕت بیتھ زن تمس بہ اچھاس ڈُلیو دٕ رٕ نٔلہٕ ہے نہٕ زِ بہ چھُس
اُمس کانہہ احسان کرنس لایق ۔

"اوٕ تسلی بخش یاکھُ ۔ ۔ ۔ ۔ بیاکھ کتی سیٹھاہ ہے تسلی
بخش یاکھُ ۔ ورورا ادالونا آسہ میٚے بوزناوان ژٕ ساتی فوج کرتھ ہاوٕزی
باوٕزی لایق کام چھِ کران۔ یہ چھُ سینہ کٕتی تہہسِ خاطرٕ تاریفِ لایق۔ عام لُکھ نہٕ
چھِ لیٚور لٔغاونس بیٹھ ہُول گٔنڈِتھ ۔ وۄنی ماشِ نہٕ تم کانٛسہٕ بُتھ حکم ۔
بیاکھ داسے نہٕ چھیٚے لُجُرٕ خود سر بٔنِتھ۔ اگر صوٗرتہٕ بہاسے روزِ تیم ہِنٛہ
جلدے اَسہِ مارِ نِ ۔ انسان چھُ یہ یارٕ ژری ٹیکِنہٕ ہیکان۔ نہٕ زیادٕ مُشکِل کٔنہ چھِ
بہ زِ فرانسہ آسن وۄہ ہس وُوٚن دوہ ہِن ناوٕ بیہتھ ۔ اسی کیاہ چھِ تمن بیاران؟
بیا نہٕ اَستادٕ زِ کہ نہٕ اکھ میٚہر یابنی ۔" شہزادہٕ وُوٚن۔ "ژٕ دِنہٕ متے بیٚڈ زبرگ
سوزناوُنک حکم ۔ بہ یٔڑ آسہ نہٕ تٕرژھہ بہ ہیکہ نہٕ یوتام یاہٕ سینہٕ حکومتہٕ
منٛز زِندہٕ روزِتھ ۔"

"مگر بہ کیاہ ایکواس چھُ ۔ ژٕ یے کتہٕ چھیٚے یمہٕ خبر وانان؟
اتھ برخلاف چھُ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔"

"بہ ہیکہ نہٕ تُہندِس بنیولینس تامِن روزِتھ، باقی لکھ

کرُن بہٕ خوش کرٕ یمہ ...... اگر ژٕ میانہٕ موکھہٕ بہٕ کرکہ ژٕ .....؟"

" نہ بہٕ کرٕہ ـ بہٕ دمہٕ وُنی حکم ـ"

" شہزادی گیہ تیٚزی کنی کرٕتھ تانی ہش نہٕ کیاز دوہ نی کس گژھہِ ہے سو ناراض ـ سو بیٹھ کیا تانی پہٕ بہٕ کران کرُسی ڈنڈر بیٹھہ ـ

" مگر ژٕ ہے چھے غلط خبر دِنہٕ آمژٕ ـ" ہیرے ہنٕ وَون " شہرس منز چھُ سورُے ڈنجرہ نہٕ خطرٕ چھُنہٕ کُنہ قسمک ـ ؤ چھ ـ ہے بوٚر دُنی ......"

ہیرے ہنٕ ہاوی پوسٹر شہزادِ " کتھوٹ چھُ دیکھان بہٕ لاگہٕ پالن داوس تہٕ دُشمن ہیکہٕ نہٕ ہرگنہ ماسکو اژٕنہ ـ"

" او ـ چھُن کتھوٹ ـ" شہزادی ژٕ نظر سان وَنیہٕ " سہ چھُ مکار تہٕ بدماشس بیٹھی باپہٕ کُنٕ کُن فوٹون کھُٹراوہٕ نہٕ آطر ہس دیت ـ تمی لیوکھ تہٕ بہٕ ژنی احمق اشتہارن منز زَیس بیتوس گژھہِ رٹُن تہٕ ٹیس تمیہ دنہٕ گژھہِ کھکھہٕ جلی واتناوُن ـ تہٕ تیس بہٕ کرہٕ تسی چھیے شان تہٕ شابشی ـ تمی واتناوی آسی بیتہ حالس ـ ورورا اوانو ونابہٕ دوپ ہے زیس وُ آسکہ دراٹھ ڈ بولنہٕ نہٕ آطر ماری نیٚچھے ژھنی متر ـ"

" ادسا ٹھیکھ ٹھیکھ ...... ژٕ چھکھ پتہٕ مُنہ کُنہ زیادے ہیہن سنان ـ"

ہیرے ہنٕ وَون تہٕ لوگ ہینس گندنہٕ ـ

ہیرے ہنٕ زپہنی کھیل مگر سہ گوہ نہٕ فوٹنس منز کینہٕ ـ سہ رُود ماسکو ہے یُس وونی تیٚزی سان خالی گژھان اوس ـ تس اوس ہے وآراگ ڈبامیہٕ تہٕ پھیر بیٹھ تہٕ سیٚنی اوس کیا تانی خوشنا کہ ڈلیشہٕ ٹک خوشون انتظار ـ

پگاہ شامس گیہ شہزادی رواہ ـ ہیرے تیس آوہن پوڈو نمبر سٹیج ہیچھ زہ رجمنٹہٕ کثیت سامانہٕ ہنس سوُ سب ہیکن نہٕ تونانی بانسہٕ سنتہ

خاطرٕ بنایہٕ کریہٕ موکھ قاصد سوزُن۔ ییٚ چھُ تس امنیک وٕنمت۔ میٚہر بانی کٔرِتھ گژھہ سیٚچس باند باند کرن رِ بینین سٕتۍ گوڈ نیتھ وسنتہٕ بیٚٹھ گژھہ یہٕ سٕتۍ اور یور ژورن ہیتھ دُشمن انھرِگرِ۔ یہ چھُ ضۆرورٕی زِ تمی شُند بیرُن کھۆرن گژھہ کمانڈرن جیٚھِ ہتھیاران حرکژن تٔ بیا آسُن۔

وُزن زٕ والس یوٗن کُڈ بیرے یتیا بیٚنی سوٲری یولونی

جوکہٕ منتری نہٕ لوبیٚے جایہٕ لکہٕ ارساتھا وُچھتھ کٹھ لوو تہٕ ژڈاو بگرِ منتر پیٚیرِ۔ لکھ آسی اکس فراشی والسٕ تماشہٕ وُچھان ییٚمس جوسوٗس آسہٕ پیٚنچ باژھہ لاگتھ ژر والیہٕ آسی یوان۔ ژر والیہٕ آسی امی ویز مہ کلیتھ تہٕ بیٚمی بیٚیام کرہٕ منتراکس سٕتۍ اوس ووہ ژٕ اکس نیٚزل موزٕ نہٕ سنبر جوہ غیہٕ لاگتھ زٕودانہٕ ووہ زجہِ دارِ گو نژھہ والس لفرس ژیہٕ کوٹہٕ لبتھہٕ منتراوان تہٕ سٕتۍ اوس آیہٕ لوٹت ووہ ہیروالے کران۔ بیاکھ نشکار اوس اکھ تنو کھ لیڈر یومت شتراٲنی نیہٕ ووہ دِتی۔ نشکلہٕ کتی آسی ووہ شوے غراشی۔ بیٚرے ژراو تنوکھ فراشی ستدی ہوا برہٕ ہیتہٕ ہمار ہتھہٕ دکہٕ دی دی وکھ کڈان لکن منترِ "یہ کیا زٕ؟ یم کم چھِ؟ یہ کیا زٕ؟" سٕتۍ گو ییٚہ ژھالتہٕ مگر کلارَن، کاری گرن، دوکانداران گژ لیبی تین نہٕ نکھن بیٚٹھ زادرٕ تراو یکھ نہٕ جاکتھ لاگتھ زنانن ہندامہِ سارے لکہٕ ارساتک توجہہ اوس تیتھ کتی تنہٕ منہٕ تنھ کُن لگتھ یہ لوبوبہٕ سپدان اوس زٕ اَمس دُپتھ نہٕ کانسہِ جواب۔ زٕودار موہینو ووتھ تھووتہٕ نرِ واتہٕ پیٚن برداشت ہاوتہٕ موکھ ژٕزن ڈبکس دژہ کھالتھ شانن دنن نہٕ لوگ اور یور نظر دیٚتھ وراۓ جوہ غیہٕ لاگتھ۔ مگر یکدم ژایہٕ تمس دُھٹن نٹھ نہٕ لوگ زکھہ ہوٹ گژ کہٕ دِتھ بیتھ کو جوشل بالیغ موہینو گژ کہٕ دِوان چھُ۔ لکہٕ ارساتھ لوگ بڈ بڈ کتھہٕ کرنہٕ تہٕ

ہیرےیَس باسیوو یِم چھِ بیقہٕ گژھن ہُنٛ آرک ایٛجماس دیاوُن یُنہٕ ھان ۔

"کُس تاڈ شہزادِ سُنٛد وانٛہ ۔ ۔ ۔ ۔"

"اہ موسیو ۔ رٔوسی ژیٚٹھن چھےٚ فرآنٛشی دِندکن ہیدِ حقہٕ تہٕ ہیرے ہیُن بہٕ چھےٚ الداوان ۔" اَکھ گَنٛل کلاٗرکن ووٚن تیمہِ وِزِ ہیرے یس بیٛلہ فرآنٛشی موٚ ہنیس آشی دِدا ے وُنہٕ ۔ کلاٗرکن وِزِ دُ چھینی کھوپری نظراز میاٗنس تھوٚنس حیا کانۍ داد دِوان کینٛہ تہٕ ۔ وار یاہا ووٚس ۔ مگر کینٛہہ آسۍ وٕنہٕ دلیا برداشتہٕ تیمس موٚ ہنیس کُن مُدے گنٛڈ یتہٕ یُس دوٚ ہیس فرآنٛشس یپو کڈان تہٕ دُپہٕ لما یہٕ تُس نیارا دس ۔

ہیرے یِس گو دم تہٕ ڈیکس کھاٗ جینا دِزہ ۔ سہ کھیوٚر حل حل تہٕ باتہٕ ہیسے سنٛتو کیا تاڈ ہیہ پکراں ہیوٚکھ پیٛتہٕ بگہٕ منٛز ۔ باقے سفرس منٛز کیٛہہ تنہی پھیری پھیری وودہٕ نیٛڑا نوِ دِژن چیکہِ زِ کوچوانن پہٕ ژھنس زِ یے کیا گژھی ؟

"ژٕ کوتہٕ چھکھ بگہ یکہٕ ناوان ۔" ہیرےیَن وِژ یے کوچوانس کٔرتھ ہیبلہ سہ لُبیانکاکُن بجان اوس ۔

"ژٕ ییٚ دوٚ ہینھ گورنرہ سُنٛد ییٛڈھ یکُن ۔" کوچوانن دیُتُس جواب ۔

"احمق ۔ زِ ڈموٚ نڈ ۔" ہیرےیَن ہیوٚنت کٔرتھ دی دی کوچوانس رٕدنہٕ وُنن بہٕ زَن سُہ سہل سہل زانہٕ ہیے ہَہ ۔ "دوٚ ہیمے گرہ یکُن ۔ جلدی کر ۔ احمقہٕ ۔ اَزی پیٛٹہٕ سٔے ہیٛیتہٕ نیٛرِن ۔" ہیرےیَن ووٚن ۔

لوٚ ہوٚبہ فرآنٛشہ سُنٛد عذاب تہٕ لکہٕ ارسانتہٕ وُ چھیتہٕ اوس ہیرےیَن سیے وایہِ تہٕ اَصلہ کوٚرمُت ہیٛکہٕ تہٕ ووہ نی ماسکو ہہ رٔوزِتھ تہٕ ہیٛے پیٛنہٕ اَزی فوجس منٛز تَرقی گنہٕ حصہ خاطرِ نیٛرِن ۔ تس اوس باسان ہیٛے آسہ

ضوٗرٕ دٕرہٕ کو چوانس وۄنمت ۔ یِ تہٕ تونہٕ گرٛٹہہ پانے تَس پۄ خبر آسِنہٕ۔
گرٕ دٕ اتھ وۄن بیپرے ین پیتہٕ تَس کو چوانس ہیوستا فچس
تُس سوٗرے کینژہٕ زانَن وول تہٕ سوٗرے کینژہٕ کرِتھ ہیکَن وول اوس ۔ زٕارٕ
راتھ کُنِت گرٛٹہہ پہٕ فوجس نِش موزیک تہٕ حُکم دِتنس زِ میانی سوار گرٛی گرٛٹہہ من
نوٗری وانِہٕ ۔ یہٕ سوٗرے کینژہٕ ہیکہِ ہے تہٕ اَکی سے دوہَس منز سَپد نہٕ ۔
امہٕ کِنہ بیو بیپرے یَس ہیوستا فچ سُند زار پار مانن تہٕ ہگاہ تا دی سفر
مُلتوی کرُن ئیتھ زَن بڑاوَن بیٹھ بدلاوہٕ تہٕ تاطرٕ گرٛی شروٗنھ سوٗزنک وِنی میلہٕ ہے ۔
ژوٗ ہیم اوس داریاہن دوہَن ہندٕ خراب مۆسمہٕ
بیتہٕ اَکھ توٗن دوہ ۔ کھاتہٕ کھینہٕ دراو بیپرے ماسکو ہہ بیٹھٕ ۔ راتھ کُنِت
بیٹلِ نٔمی بیبر وُشکو وگرٛی بدلاوی نمی لوٗز زٕار تا منَس چھیپِ اَکھ زبردَس
لڑائے سپیز ہۆز ۔ دوٚپہہ تو پو سِنی آسی بیٹھنہ پیر وشکو و تہٕ زیٖنہٕ
بُنلی گرٛٹہہ ماَن ۔ بیپرے سِندس اَتھ سوالس ہیوٚک نہٕ کانٛسہٕ جواب دِتھ
زِ جنگ ہور کھا کینہٕ زِ یونکھ ۔ یہٕ آس شوار دِتو ہیچ ژوٗہی مِچ لڑائے ۔
بیپرے ووت سو نتَس پاگی موزیک ۔
موزیک کیس سارِ نے مکانن منز اوٗسکھ فوج تھووٗمت ۔
بیتھ سراہہٕ منز بیپرے یَس بیٹھی کو چوان تہٕ سٹیٛس سکھے تنہٕ اوس نہٕ کُنھیے کمرٕ
سارے جاے آس افسر و آفر ہۆز ۔
موزیک اوٗر اوس یڑتہ جایہٕ فوج ٹھہرِتھ بایکان ۔ یڑتہ
اندٕ آسی قزاکھ، پادل سپاہ، رِسالہٕ والی، ریڈ، توبہٕ ریڈ تہٕ توپہٕ ۔
بیپرے گو نیوٗ تانیہٕ لمان بوٗتا ہیوٚکُن ۔ سہٕ بوٗتا دوٗر
سٹیران تہٕ اَکھ فوجہٕ سوٗدرس منز سرٛوٚن بو ڈان اوس نیوٗ تا آس رٛمَس منز

بےٚ قرآری ہنٛز نہٕ اکھ نوٚ خوشوبہٕ اینٛچھا سیٚج اکھ لہر نیٛران۔ تمیٚتھ اینٛچھاسس پٮ۪ٹھ
تٔمۍ سلوبوڈسکی محلس منٛز ژٔرِ پھٕشنٛد ہیٚنہٕ وزِ سوٚرمت اوس۔ فورن کاٚژ ہ
قدم تُلنہٕ کیٚنہٕ قوربٲنی دِنہٕ کیٚ ضروٗرژٕ تک اینٛچھاسس تٔمۍ اوس خوشوبہٕ
اینٛچھاسک شعور پاد گوٚمُت زِ یمہٕ چیٖز زندگی منٛز خوشی بٔنیچھان چھہ ۔۔
دولتھ راحتھ تہٕ اکھٕٹ پانٕہ زندگی تہٕ ۔۔ یم چھہ سارٕی گرٛدٕ تہٕ سوٗرتہٕ اصلی خوشی
چھیٚ نہٕ تٔلی میلان۔ یمیٚلہِ یمہٕ پھٕکٕرتھ ژھٕنٛدو کھ تیٚتھ زنٛ بدل کیٚنہٕ حاصل سپدِ
یمیٚرسے بیٚکہِ ہے تہٕ وٚنیٚتھ زیستہ بدل کیٚنہٕ اکیا چھُ۔ ییٚرِ چھُ پٮ۪ زیستہ اوس
تہٕ یہ 'بدل کیٚنہٕ' نیٚر وانہٕ وُنی راوُن نیٚر ڈھان ۔۔ وُ گہٕنٛدِ تہٕ کمہٕ چیٖز خاطرٕ
اوس یہ سوٗرسے قوربان کٔرِتھ خوشی نانان تٔس اوس پننہٕ قوربٲنی ہنٛد مقصد
زانہٕ نکہٕ غرض مگر قوربٲنی بذاتہٕ خود آس تٔمِس اکھ نوٚ خوشیہ ؤن
اینٛچھاس بٔنیچھان ۔

# ١٩

ژۄڈوٚہی مہٕ آیہِ شِنوار دنو محاذن چ لڑٲے کرنہٕ ۔ پیٚنٹھ ہیمہٕ نہٕ چھلے بہٕ
ہورٕ کاشہٕ گٔیٚلی نہٕ نہٕ بیوٚرٕ ۔ سٔنٛبتہٕ وٕہی مہٕ آیہٕ بورو دِنو ہیچ لڑٲے کرنہٕ ۔

شِنوار دِنو تہٕ بورو دِنو چہٕ لڑایہٕ کینہہ گٔیہ اتہٕ کمہٕ غرضہٕ آیہٕ ژلنہٕ ؟

بورو دِنو ہیچ لڑٲے کیاہ ؟ سیپَرہٕ تیٚمَن لڑٲئین اوس نہٕ اکھ رَتھ تہٕ کینہہ مطلب
نہٕ فراشِن کیٚنٛتن تہٕ نہٕ روٗسیٚن کیٚنٛتن ۔ روٗسیٚن ہنٛدِ خاطرٕ دراو امشِک اکھ
نتیجہٕ یکدم — نخچہٕ اوسُس نہٕ چارٕ تہٕ — زٲسی آسے ماسکو ہچہٕ تُرہ بادی نکھہٕ
واتناوہٕ ۔ ( بانے نی سینٛد تیٚمہٕ آسی سارِوے کھوتہٕ زیادٕ کھوژان آسی ) فراشِن
دوست بہٕ سہ چھہٕ زِنینہند فوجہٕ چہٕ تُرہ بادی ہنٛد وَق دوست نزدیکھہٕ ( تیم تہٕ
آسی وٕنی یا ہیٚن مَنٛزٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ اکثی کھوژان ۔ ) تمہٕ وِزِ نہٕ اوس نوٚن
زِ انجام سپدِ یا اَدٕ نو نہٕ تۄنٛج بنپولین لڑٲے تہٕ کٹوزوفن کرٕ ہِ قبول ۔

اگر فوج صرف موٗقول مصلحژد مطٲبق پکان آسہٕ ہَنا ۔

تبلِ گرٛزھِ سٲنی کِہنہ بنپولینس خبرٕ آسہٕ نہٕ مُلکس مَنٛزٕ چھہٕ زِ ساسَن سیل انٛدر
اَژِن ۔ اَتھ مَنٛزٕ چھُ فوجک ژۄرِیم حِصہ تُرباد گژھنُک اندیشہٕ نہٕ آسہٕ رکتی
چھیے اَتھ حرکژ مَنٛزٕ سٲنی تُرہ بادی ثٔنی ۔ کٹوزوفس نہٕ گژھِ بنٛنے کٔنٛہ خبر
آسہٕ نہٕ لڑٲے قبوٗل کرِتھ تہٕ فوجک اکھ ژۄہ باگ ضایہ کرنُک خطر
ٲسی سِنہ نہٕ چھُ ماسکو اسہٕ چارٕ ناچارٕ تراوُن ۔ کٹوزوفس آسَس خبر زِ
بنِہ کٔنٛہ نہٕ زِ سگہ ژور ۔ تہٕ بنِہ کٔنٛہ تِمس شطرنج گیندَن واٲلس ہارُن

ژھوٚر وٲری چھُ تٔمِس مُقابلہٕ وٲلی سٕندِ کھوتہٕ اَکھ سوٚہر کم آسِتھ تہٕ نوٚن تہٕ بٔنِتھ سوٚہر بدلاوُن۔ نیپولینِ زٲنۍ تَس سوٚہر بدلاوُن نِشہِ پَتھ ہیٚوٚن پیٚیہِ۔ اگر نیپولینس مُتعانِس ستراہ سوٚہر چھِ تہٕ میٚنۍ چھُ ژٔدوٕ ہے۔ میٚنۍ چھُ اَکھی سِہ حِصہٕ تمیٚ سٕند کھوتہٕ طاقتھ کم۔ مگر نیپولینہِ اُسی ترٛوٲہ سوٚہر بدلاوِنۍ تہٕ کلو سٕنز لوڈِنیاہ کھوتہٕ ترٛگنہٕ طاقتھ ور۔

بوروڈِنو چہ لڑایہِ تانۍ اوس سون فوج فرانسیسی ہٕندِ شہن نِشہِ پانژھہ۔ مگر تمہِ لڑایہِ پتہٕ اوس یہ تہٕندِ نِصفے۔ تہٕ گوو مطلب لڑایہِ ترُونٛژھ اوس یہ اَکس لچھس تہٕ وُہن ساسن نِشہِ لچھ۔ تہٕ لڑایہِ پتہٕ پتہٕ اوس یہ اَکس لچھس ژٕیتھ پٲنژہ ساس۔ توٚہی کرِو ترٛکہ تہٕ تجربہ کار کُٹوزوفن لٲگ آے۔ نیپولین چھِ وپان سِیٹھا اوس تنقید یا ٹیکنی فوجی ماہر تمۍ کرِ لڑایہِ آے۔ نوجِک ژٔورِم حِصہ کوٚرکتہٕ فنا بیہِ تہٕ بیٚیہ دوٚر بوٚزو تمہِ کھوتہٕ نہٕ زیادٕ۔ اگر کاشہٕ دِپہٕ تَس اَکس راے ترٛ ماسکو زِینتھ گژھہِ میٚنۍ نہٕ ہم پوٚرہٕ بٔنِتھ کُنۍ وِیپا زِینتہٕ ستی گمژ اَس۔ اَسی ہیٚکو دِنتھ زِانتھ برخلاف چھِیے سِیٹھا شِہا دِژ۔ نیپولینِ سٕندی تارِیخ لیکھن وٲلی چھِ یا تہٕ وَنان زِ سہٕ اوس سمولینسک وٲتِتھے ٹھہرُن یژھان، تَس اَس خبر وَنتھ زِ ٹھہرِ وُنس منتر کیا خطر چھُ۔ تَس اَس خبر ماسکو زِینتہٕ سِنتی گژھہِ تہٕ ہم ختم تَس اوس سمولینسک وٲتِتھ بیے لوگُمت زِیم شہر تمِس ترٛاوُن چھِ بوان، تہٕ تہٕنز حالتھ کیا چھِیے آسان تہٕ تمۍ بوسہٕ کتھ باتھ شوٚر وکرِ بیخ خاہِش بیہٕر کھیٚرو ہاوِتھ اَس تتھ اوس نہٕ تمِس اَکھ جواب نہٕ دیُتمُت۔

کُٹوزوفن تہٕ نیپولینن تِیُ تہٕ کرِ بوروڈِنو بیچ لڑاے کُتہٕ تدبیر نہٕ عقلی منصوبہٕ ورأے۔ یہ بیٚزر واقع سٕید نہٕ بیتھ چھِ

تٲرِیخ دانو مکٲری سان ایجاد کٔرِمٕژ شہادژ بہٕ ہاوِنہٕ خٲطرٕ ثرِ دِتھ کُن اَتہٕ ہمٕژ
زِ ہیمِن دہلن جرنٲلن کیا آسہٕ دوٗر اندیشی تہٕ کٲمِل مہارتھ۔ دُنیا ہچہٕ
تٲرِیخ ہندِ پو مجبوٗرہ ہٕشنی ماندِ منٕز آسی ہم سارِ وے کھوٕ تہٕ زیادٕ عوٲم
تہٕ سارِ وے کھوٕ تہٕ پابند۔

سانہِ پرانہِ چھپے جنگ ناؤن ہنٕز ترٕزہ مثالہ اَسہ
ثرِ دِتھ کنہٕ ترٲوِ مٕژ۔ ہمِن منٕز تٲرِیخک سوٗرے عرضہٕ نمایَنٕہ کیٚنژاہ بہوٗدرن
منٕز سنٕژ ویرادنہٕ چھ آمٕت۔ تِہندِس اثرس تل آسنہٕ کینہ چھنہٕ وٕنہٕ
اَسہ اَتھ خیالس سیٚتی برابری یوان زِ انسانٕ ہیٚنہٕ چھ ترقی ہندِس تیٚتہ
درجس پیٹھ آسی چھ تنٕہ چھپے امہٕ قسمچ تٲرِیخ پٔزٕ مانٕنے۔

دوٚیم سوال چھ زِ یوروٗپنو تہٕ شِہار دِنو چھ لڑایہِ کیٚتھہ
کٔنی لیچہٕ۔ اَتھ تہٕ چھپے اَسہ زِنش اکھ باقاعدٕ مشہوٗر تہٕ سترٕ ونٹھے اپنٕہ
رودبداد۔ سٲری تٲرِیخ دان چھ یہ مامِلہ پیٹھ کٔنی پاوان۔

دیان چھ سمولینسک ژلنہٕ پیٹہٕ اوسس روٗسی فوج
یہ یوٗرٕ لڑایہِ خٲطرٕ سارِ وے کھوٕ نہٕ رژ جاے ژھانڈان تہٕ ہیٚتھ جاے
لَیہ تِمو یوروٗپنو ہِس منٕز۔ دیان چھ روٗسی فوجن کٔر تہِ وتھ وانہٕ
سٹرکہِ کھوور کنہٕ (ماسکو پیٹھہ سمولینسک گژھہ وٕلٕنہ) تہٕ اَتھ سیٚتی قٲیمہ
زاوکہ ہبٲوِ ون یوروٗپنو پیٹھہ اُتھنہٕ! تتو نے پتھنی جاے محکم پیٹھہ
لڑاے کرنہٕ آیہٕ۔

تیم چھ اَسہ دیان زِ اَتھ محاذس پیٹھہ اوسس
شِہار دِنو ہنٕزس پیٹھ اکھ میٚژِ ہنٕز سفود سوتھ کھالنہٕ آمٕت یتھ دُشمنٕہ
سنٕز پھیر سفودِ پیٹھ نظر روزہے۔

دپان چھ ژوٚوٚہی مہ اوٚن نیپولینَن دکہٕ ننہٕ زیوٚنُن ہہ محاذ رشتنہٕ وٚہی مہ
کوٚرُن سآری سے رٕوسی فوجس پیٹھ حملہٕ ییُس بوروڈِنوکس مآدانس منز
ڈیرٕ دِنہٕ اوس۔

یہٕ چھُ ہہ زَن اَسہِ تآریخ دان وَنان چھِ تہٕ ہہ چھُ مُلے غلط۔ تہٕ
ہیکہِ یِژھ کانہہ سہٕ انسان وٕنتھ ییُس کتھہِ سَنہٕ۔

رٕوسی یوٚ چھیَنہٕ ہرگز نہٕ ساروے کھوتہٕ رٕژ جاے پانس کتہٕ ژھانڈمٕژ۔
اَتھ برخلاف آسی والین ژلہ وُن تِم بوروڈِنو کھوتہٕ بیہتر واریاہ جایو کنی
اَکو منٔز۔ تِمو دُری راوی نہٕ تِمو منٔز کُنہٕ جایہِ آمہٕ کِنی کھوٚر نہٕ کیاز کٹھوزوس
اوس نہٕ کُنہِ تیژھہِ جایہِ کھُہرت پسند یوسہٕ نہٕ تِمی پانہٕ ژآرِتھ آسہٕ ہے۔
نہٕ کیازِ لڑآے کرنہٕ خاطرٕ اوس نہٕ وُنہٕ مضبوط پآٹھی عام تشورتکنہٕ آمُت۔
نہٕ کیازِ ملوراووِنچ اوس نہٕ وُنہِ مدتی ملیشاہنھ ودتھُت۔ نہٕ بیٚیہِ نہٕ
آسی بنٕتھی واریاہ وجہٕ ہانتھ

یِنہٕ رِ چھُ یی زِ پیآری رٕوسی فوج آمُت اوس تیآری آسہٕ وَنہٕ وَنہٕ
واریاہ زیادٕ مضبوط جایہِ تہٕ بیٚیہِ یہٕ زِ بوروڈِنوکس نِنھ مآدانس منٔز لڑآے
کرنہٕ آیہِ سہٕ چھُنہٕ کُنہِ رَنگہٕ کُنہٕ تمہِ جایہِ کھوتہٕ زیادٕ مُناسب بنِھ پیٹھ
اسی رٕوسہِ کرِ سلطنتہٕ کِس نقشس پیٹھ اَنی منٔز اَتھہٕ تھاوو۔

سٹرکہٕ کھوٚوری کِنی نہٕ اَتھ ستتی قآئمہٕ زآوبہٕ بنِاوَن وا جیتہٕ بنِھ جایہِ
لڑآے کرنہٕ آیہِ نتنتن بننہٕ جاے محکم کرُنک چھُنہٕ سواے۔ یِنتژہی مہ
اگست سنہٕ ۱۸۱۲ تانی اوس نہٕ رٕوسی ین خآئی نہٕ آمُت زانن گیاہ ہیکہِ لڑآے
سپدِنھ۔ امُتیک توٚ بوٚنھ چھُ ہہ زِ یِنتژہی مہ شروٚ نٹھ آسس نہٕ تہٕ
کُنہٕ فیصلہ بندی کرنہٕ آمژ۔ بیٚیہِ ہہ زِ بیمہِ منٹیزِ سوٚنھی تمہِ دوہہٕ

کھالِنہٕ ہٮ۪نکہٕ ژھم آسی شٮ۪ننہٕ وُنہِ مہِ نہٕ نانٮ۪ارٕ ے ۔ دوٚیم یہِ زِ شوارِدِنو محاذس
اوس نہٕ ٹیٚنزِ کنہِ کانٛہہ فٲیدٕ نہٕ کیٛاز یِ اوس تَتھ محاذس ہِژٕ وُنہٕ کِنہِ
یٮ۪تھ بیٚبھ ٹیٚنزِ لڑٲے سپنٕز مژٲسس ۔ سہٕ محاذ کیٛازِ سنا اوس یا نٕہ
جایہِ کھو نہٕ زیادٕ محکم بناونہٕ آمُت ، کمِ سُنا غرضہٕ اوس ژوٚوُنہِ مہِ
ٹاسَن ژیٚرنادٕ اَتھ محاذس بچاونہٕ ہو کھ سوٚرِے طاقتھ ٹیٚنزرا ونہٕ
آمُت نہٕ شٮ۪یِ ساس نفر چھپہِ دِنہٕ آمتی ، وُشمنہٕ سٮ۪نٛزن حرکژن بیٚھ
نظر گُزر تھاونہٕ خاطرٲسس فقرا کھَن ہٮ۪نٛز اکھ یکٕٹھ نہٕ کٲفی ۔ نزٕ بیٚیم ژوٚلوُکھ
نہٕ چھُہ ہاوان زِ جنگُک ماداَن اوس نہٕ ہرٕ ونہٕ وانہٕ کُھرِ کرِنہٕ آمُت ۔
نہٕ شوارِدِنو اوس نہٕ نتمہِ مادانک گوڈنیُک مقام ۔ نہٕ سہٕ چھُہ یہِ پٮ۪زر
زِ بارکلے دِتاے یَس نہٕ یکرا ژیوٚنَس آسس پٮ۪نٛژ ہِمس ناوٕ رائے زِ
شوارِدِنو قلہٕ چھُہ محاذکہِ کھوورِ اَنٛدٕ ۔ کٲژ زوفن یُس ریو ٹھ یانہٕ جنگہِ ہینٛے گرما گرمی
نہٕ وُژھہِ مٮ۪نٛز لیوٚکھمت چھُہ تَتھ منٛز چھُہ دپان شوارِدِنو چھُہ محاذچہِ کھوورِ بٮ۪کھہِ ۔ اَمہِ
بِنہٕ وتھنا گژھِ صفحہ بیٚلہِ لڑٲیہِ بہندِ ریوٚرٹھ فرصتٕ زسان لیکھنہٕ آے اتھ آیہِ یہِ غلط
نہٕ عجیب دلیل گرمہٕ نہٕ ( ظاہرا کمانڈرن جیبتہِ سٮ۪نٛزن زیر دستن غلطین پردٕ تراونہٕ
خاطرِ یٮ۪س نیشتھ ہاوُن اوس یَس نہٕ کُنہہ پوشہٕ ہے ) ۔ زِ شوارِدِنو محاذَن
کیٛا دِژ ہرٕ وُنہٕ مہِ چوکِہ ہٮ۪نٛز کام ۔ حالانکہِ یہِ اوس صرف کھوورِ بٮ۪کھہِ ہُنٛد
اکھ قلایہ بند مقام نہٕ ( بیٚبہِ دوٚیکھ ) یہِ زِ یورو دِتو ہیچ لڑٲے کیٛا کُراسہِ
اَکِس قلہٕ بند جایہِ یوسہٕ اَسہِ ہرٕ وُنہٕ کھرِ کرٕ مژٲسس حالانکہ یہِ آسس
اَکِس تنٛزھہِ جایہِ کرٕنہٕ آمژ یوسہٕ ہرگز نہٕ ہرٕ وُنہٕ ژارنہٕ آسس نہٕ آمژ
نہٕ یوسہٕ لگ یکٕ قلہٕ بندی ورٲے آسس ۔
نوٚن چھُہ زِ مالہٕ چھُہ سٮ۪د یُومُت یٮ۪نہٕ کُنہٕ ۔ کٲژ چاکولہِ بیٚھ

اوس اکھ محاذ بناونہٕ آمُت ۔ یہِ کوٗل چھیٚ بجہِ سٹرکہِ قایمہٕ زاوِیس بیٛٹھ تہٕ تنگ زاوِیس بیٛٹھ ژٹان ۔ بیٚتہِ کنۍ اوٚس کھوورِ یکھہِ شُوارِ دِنو ہیٚرہٕ ڈچھن نوٗگامہٕ تہٕ مُشترِم اوٚس بورو دِنو شنٛتن بیٚینہِ کلوٗ چا تہٕ وُہنا رلان چھیٚ ۔ کاشہٕ سنہٕ اِنسان یُس بورو دِنو ماٚدانس بیٛٹھ نظر تراوِہے تہٕ حیرٲن آسہٕ ہیس تہٕ نیٚرِ عجنگ کیٚنہہٕ کنۍ چھُ اصلی لڑٲیہٕ ہِوان ۔ سُہ ژارِ ہے یہاے جاے یتھ کلوٗ چا انٛدی انٛدی اوس ( تہٕ دیہِ ہے زیہِ چھُ ) نہِ واتہٕ تتھہِ فوجس لایق محاذُس سمولِنسک سٹرکہِ کنۍ ماسکو کُن یکہِ دِنس فوجس وَتہٕ ژُر نٔنہِ آسہِ یِنہٕ ہان ۔

بیبولبینہِ توٗر ژُوٗدُہی مہٕ والیف ( تٲریخن مشہٕ چھُ لیکھنہٕ ) تمو دُچھ تہٕ ۔ انتِہا بیٛٹھہٕ بورو دِنو نام روٗسی محاذ ( سُہ ہیٚکہِ ہے نہٕ یہِ محاذ وُچھی تھیٚ نہٕ کیٚنہہ زِ بہِ اوسُے نہٕ کُنہِ ) تہٕ نہ دُچھہِ تمی روٗسی فوجہِ چہِ ترووتھ مہٕ چوکہِ ۔ روٗسی فوجِ پوٚت یکھہٕ ژھانڈان آو سُہ شُوارِ دِنو محاذس بیٛٹھ روٗسی محاذ چہِ کھوورِ یکھہِ بیٛٹھ وُسنہٕ نہٕ روٗسی گےٚ یہِ وُچھتھ حٲران زِ سُہ توٗر کلوٗ چا کھولِ ایوٗر ۔ روٗسی یوٗ زون زِ برپوٗر لڑٲیہِ ہندوٗق چھُ گومُت ، تمو گڈٕ یینۍ کھوورِ یکھہِ تمہِ جایہِ پیٚتھ یوٗ سہٕ تمو ینہِ خاطرٕ ژہٕ آرمٕ ژٔ اوٚس تہٕ ژٔیکھ بنا کھ جاے یوٗ سہ تہٕ ییٚوتھ ژارتہٕ اوٚس آمُت تہٕ اوٚس قلہٕ بندی کرنہٕ آمٕژ بیبولبینہِ بیٛلہِ کلوٗ چا کولہِ ہند کھوورِ بیٛٹھہِ سٹرکہِ کھوورٕ توٗر تمی نار سارے لڑٲے ڈچھنہِ بیٛٹھہِ کھوورٕ ( اگر روٗسی کانہہ وُچھِہ ) تہٕ وٲتنا وٕن انتِہا سیٛو نوسکوٚ ے تہٕ بورو دِنوکس مشہوٗر مس ماٚدانس مشہٕ — یہِ ماٚدان اوس نہٕ ندٲنہِ خوٗد کُنہِ تہٕ روٗسی ماٚہ پانہٕ کھوتہٕ کیٚنہہ تہٕ تتھۍ ماٚدانس مشہٕ آو سٔنبیٛتہٕ وُہی میٛنگ سوٗرُے جنگ لٔٹہٕ ۔

پیٚتہٕ ہٕہ مہٕ صُبحن اوس اسہِ شُوارِ دِنو محاذ ہور مُت تہٕ

ساٗنۍ کھوٚر رٕکھ اٚسکھ پننہِ جایہِ کڈمٕژ۔ اٚسۍ اٚسۍ کھوٚر رٕکھ ہٕنٛد فوج سوٗمبراونہٕ
تہٕ بڑاونہٕ ییٚتھ بلہِ ہیے تتہِ دٲرراونہٕ خاطرٕ مجبوٗر۔

امہِ کنہِ اٚس شٔتیٚنہٕ وُہی مہِ اگست روٗسی فوجن صرف کم زوٗد
تہٕ اڈلیٚتجین دوسن ہنٛزٕ حفاظتہٕ۔ یہِ محاذ اوس ییٚتھ کنہِ زیادے سیٚٹھا فایدٕ
زِ روٗسی جرنالن تُرنہٕ پننۍ حالتھ وارٕ پاٹھۍ فکری ازِ تمہِ چھُ کولہِ ہنٛد کھوٚر رٕکھ
محاذ ہوٚر ژُنت تہٕ یونہِ لڑایہِ ہنٛد سوٗرے مادان چھُ ڈیٚکھنہٕ ییٚتھ کھوٚر نارہٕ آمُت۔ تمہِ کھوٚد نوو ییٚتھ اٚتھرا نانۍ
بٔنن فوجن ہِتھے کنہِ تہٕ پتہِ درٛاونہٕ فوج ہیوتُمن تمہِ روزٕ ڈٕچھنہٕ ییٚتھ کھوٚر ناران ییٚتھ لڑاٗے جلان اٚسۍ۔
ییٚتھ کنہِ ہیوا سہِ لڑایہِ ہنٛدِس ساری ہیے وقتس پننہِ کھوٚر رٕکھ ییٚتھ
ساسے فرانٛسی فوجک حملہٕ برداشت کرٕنہٕ تہٕ سون فوج اوس تہنٛد نیٚصفے۔
(اُتھرا ہس ییٚتھ یوتاتووسکی ہٕنٛد حملہٕ تہٕ فرانٛسن ہنٛز
ڈیٚکھتہِ رٕکھ پیٚٹھ اُوار روفہٕ ہٕنٛد حملہٕ اٚسۍ جنگہٕ کہِ عام مادانہٕ لٕژن الگہٕ واقعہٕ)
ییٚتھ کنہِ آیہِ بوروڈنو ہیچ لڑاٗے کرنہٕ۔ تہٕ یتھ پاٹھۍ تہٕ
ییٚتھ پاٹھۍ تاریخ دان اتھ ساس کمانڈرن ہنٛزن غلطین ہیرٕ تراونہٕ خاطرٕ
ہاوان چھِ تہٕ ییٚتھ کنہِ روٗسی فوجن تہٕ روٗسی لکن سٕتہٕ شاباش میلان چھُ ییٚتھ تمُک
تمن کتھ چھُ۔ بوروڈنو ہیچ لڑاٗے آیہِ نہٕ برونٛہہ وانہٕ تاری ہنٛز تہٕ قلعہٕ بنٛد
کٔری منٛز محاذس ییٚتھ روٗسہٕ طرفہٕ رژھہِ ہُتاکم فوج ہیٚتھ لڑنہٕ بوارڈنو
محاذ ہارنہٕ پتہٕ لوٚڑ روٗسی یوٚ فرانٛسن ہنٛدِ نصفہٕ فوج ہیٚتھ اُکس کُھلہٕ مادانس
منٛز ییٚس نہٕ بلکل مستحکم کرنہٕ اوس آمُت۔ یانے تمن حالاتن منٛز زِ
دُہن گنٹن ہُنٛز کیٚتھ اٚتھراونہٕ وراٗے ییٚتھن اُسِس نہٕ احمقانہ بلکہِ تمہِ ہن
گنٹن تہٕ فوج مُلہٕ موٚکلہٕ گرفتار گژھنہٕ ژلنہٕ لٕژن۔ بچاوُن تہٕ اُسس تژھ کام زِ
ییٚتھ کرٕنۍ چھیے مشکل۔

# ٢٠

پیرے سِتھ سوآری دژاپہ ہیٚنٛزہی مہ صُبحَن موزبکہ بیٚچھ۔ اَمہِ شہرٕ منٛز ہیٚرٕ چھِ اکِہ تھدِ تھٔرکِہ بالہٕ پیٚٹھ دَرہچہ وَنہٕ وُسان دژاو سُہ اکِہ گرٕجہ کِنۍ گرٕس بالَس دُچھنہِ اَنٛد اوس نہٕ بیٚیِنٛز اَمہِ وِزِ عبادت سیٚدان آٔسۍ۔ تِمَس بیٚتہٕ وُڈھاتھ بالَس اکھ رِسالہٕ رجمنٹ ییٚتھ مُنٛز رِسالکۍ گُبَوان وٲلۍ آسۍ اَدٕ گُھڑ ہُگہِ لاٚمُت اکھ اَتھ بالَس تِمَن کُن تہٕ یِمَن منٛز آسۍ رانہٕ چھِ لٲراپہٕ بنٛدی چھیٚوکہٕ لدٕ پُرِتھ۔ گٔژ یِمۍ کو جوان آسۍ اور کٔرِ یور دوران کٔرکہِ دِوان تہٕ گُمہِ چھانہٕ والان رِنگیٚن منٛز آسۍ تٔرِ تٔرِ زٕور زٕور چھیٚوکہٕ لدٕ سیاہ نُنٛگِتھ یا پیٚتھ تہٕ ییٚم آسہٕ تِمو کنٛو بیٚٹھۍ ہیٚوٚرتہٕ بوٕن دَکہٕ کھوان۔ یِمہٕ اَتھ تھٔرکِہ جیٚڑاپہٕ شیٚرٕ موکھہٕ تژاوٕ منٛز آسکھ۔ لیٚدٕر ہیٚمتۍ تہٕ بنٛڈ بجہ کٔرۍ کٔرۍ چھیٚوکہٕ لدٕ سیاہ آسۍ دُکھ شوٚبتھ تہٕ یِمہٕ زکرآوِتھ اَنٛدٕن لٲرۍ لٲرۍ گُرٕ ہان بیٚیلہِ تِمَن بگیٚن منٛزٕ دِنَن گُرٕ ہان نہٕ دَکہٕ بوان آسۍ۔ ییٚم آسۍ لگہِ بگہ ساری شُری سِتھ ہیشہِ موصوٗم زاتن کلہِ پیٚرے سِتھ سفید ٹوٗپۍ نہٕ سبز کٔنٛزجہِ پوٚج کو ٹھُو چھان۔

پیرے سِنٛدۍ کو جوانن دِژ چھیٚوکہٕ لدٕن ہیٚنٛزِ اَتھ لاٚمِہ زکھِ ہٕژ کٔرکہِ نِہ سٹرکہِ اکِہ اَنٛد رٕوزِو۔ رِسالہٕ رجمنٹ وُڈھ گُبوٗنہ والین سٗتۍ پیرے سِتھ سوآری زٕنگھ وَتی تہٕ کورٕکھ وَنِہ ٹھورٕ۔ پیٚرِ ٹھہرِ یو تہٕ رٕوٗد وَنِہ لوب کُن اُکس حابہِ پوسہٕ بالَس کورِتھ کٔڈ تہٕ آسۍ آہ ژرٕ

بالہٕ چہ سڑکہِ ہندِ اَند اوس نہٕ ناکھ بیہوان تہٕ اَتہِ آس نیٚرِ نہٕ سڑ شیہل
نگہٕ ہیراُوس اُگنتک شولہٕ وُن صُبح تہٕ گانٹی آسہٕ خوشحال وزان۔
چھوکہِ لدِ سپاہ ہیتہٕ اکھ بگی ٹھُہرے یہِ سڑکہِ اَند اوس، پیپرے لیس بلکل اکھ
دلہٕ مُلہورلاگیتھ کو چوان دور لبہٕ بگہِ نِشہٕ شاتشہِ ہوت، کُنہ نٔر آون ہُنٔز مین
ہکرِ لنہٕ نل ییم ٹاٹہِ ورآے آسی نہٕ لوگ گرِ اِس تنگ چارہٕ۔

گرِ دنہِ سیتی تُرکنِدِ تھ اکھ بُڈ چھوکہِ لدِ سپاہ اوس
بگہِ ہیتہٕ ہیکان تمی کرُ اکھ اریٚرِ سیتی ٹھپھ نہٕ پھیرن پیپرے لیس کُن نظر۔
"وون سا وطندار بابا! اَسہِ ژھنتہٕ ہیٚنی والیتہٕ کینہٕ ماسکو
رِتن۔" تمی ووٚن۔

پیپرے اوسُم نیوٚنا خیالَن سیتیو مُت زِ تمی بوٗزے نہٕ یہِ سوال تمی
کرُ چھوکہِ لدَن سیتی رلِتھ واجنہِ رِسالہٕ رجمینٹہٕ بیٹھ تھنہٕ بگہِ تاکی نظرا یپہٕ
نِشہٕ سہٕ اوس تہٕ تِہنہٕ مَنٛز زخمی بیہتھ تہٕ اکھ فنوٚ نگِنہٕ اوس۔ بگہِ مَنٛز
ییم زِ سپاہ بیہنہِ آسی تمو منٛز اوس اُکس ظاہرا بُتھی لبہِ چھوکھ آسُت۔
نس اوس سورے بُتھ بند یچہِ منٛز وٚلِتھ تہٕ اکھ بُتھی لب آسِس شٔری
سندِس کلس سومب ہنیمٕ ژ۔ سورے آس نہٕ نس آسِس اُکتھ کُن
پھیر ہیژ۔ سپاہ اوس گرِ جس کُن وُچھان تہٕ یانس بیٹھ کرٛ اس کران۔
بٔٹا کھ اوس جوان کرٛ ہُن مس گرِتھ رنگہ وٹھ تہٕ بُتھِ نیٚتھ چھینتو مُت زِن
بدنس منٛز خونہٕ قطرٕ اوسُس نہٕ۔ سہٕ اوس دِلہٕ شتوٚ دُوٹھ کمیا رکرِتھ
پیپرے لیس تھلِ تھلِ وُچھان۔ تِژ ییم اوس یڈ لوٚن کُن کرٛتھ تہٕ بُتھ
اوسُس تہٕ بوزنہٕ یوان کینہہٕ۔ رسالہٕ رجمینٹہٕ ہندی گیون والی ٹِکہ بگہِ سیتی
چھُس چالاکھے لوٚرٕ پرد یس منٛز چھم اکلہٕ بکل گامژ۔

تِم ٲسۍ فوجی لے وایان ۔ بالہٕ نیشہٕ ٲسۍ بیٚٹھ آسہٕ گاشٕٹِنی ہیٚنٛز دانوِ لَہر زَنتہٕ
بٔنیٚس ٲکِس خوٚشی ہِندِس سماہس مَنٛز اَتھہٕ تاییٖد کران ۔ اقتابہٕ چہٕ زٕژر آسہٕ
بالہٕ ٹوٗپ تنابہٕ ناوان تہٕ شادِ ہیٚنٛز بشاکھ ژٔیِتہٕ وَن دِوان ۔ مگر بیٚیرے بیٚٹھن
بالہٕ دامنس تَل زَخمی سپاہو سٟنتی ٲرِ کھ بَگرِ نِش تہٕ مشالٕنہٕ ہٕنٛز ٹوکٕٹِس
ٹُٹِس نِش ووٚدنی اوس تنتین اوس ستر یٚہِل اڈیِرنہٕ گوٚٹ ۔

زخمی بُنٛنی لیہٕ وٲلی سِپاہن دِژ گیوٚن والین رِسالہٕ سِپاہن گُن ژٕکھِ
ہٕتٕژ نظر ۔

" اہ، چالاکھ لُکھ ۔ " تِمی وٚون دِیہ سان وُٹھو تلی ۔

" بیم چھینہٕ سیپہ بیے پاتِی ۔ بیم چھِ گژھٕلیی نہٕ ۔ ہیٚے وُچھو اَز گژھ لیی نہٕ ۔
بیم نہٕ چھِکھ رٕٹِتھ اَنی ہینٛی ۔ " بگہ نکھہٕ اِسنادِ سِپاہن وٚون بومہِ لدٕ وُٹھہٕ کُمجار
کٔرِتھ بیٚیرے لسن ۔ " ووٚنی چھینہٕ ژاران کران کینٛہہ ۔ ۔ ۔ ۔ ووٚنی چھِ ژٕرہان
بیم ساری لُکھ بِکہٕ وٕٹہٕ سوٚمبرٲوِتھ اَنِنی ۔ بہٕ چھِکھ ووٚنی ماسکو ہیٚچ گٔژھتھ ووٚنی
چھُ اَگے بیٚیر کرُن ۔ " سِپاہ ستِدین نفظن اوس تہٕ کاشہٕ مانٕنی نوٚن ۔ مگر
بیٚیرے تَس تورٕ امٕشِک مانے صاف نِکرِ نہٕ تِمی کوٚر اَتھہٕ کلہٕ چہٕ حرکژٕ سٟتی
تاییٖد

وَنہٕ گیہ بنیہ صاف بیٚیرے وَوکھ بالس پٲدل تہٕ دزاو بگہ کیتھہٕ ۔
بیٚیرے ستٕنز سوٲری گئیہ پکان ۔ سُہ اوس وَتہٕ ووٚشوپی اندرٕ
وٕٹھی بُنٛھی ژٕھانٛڈان مگر سکھان ٲسِس صرف قسمِ وار رجمینٹن ہِندی
غٲرزان فوجی بیم ساری تِمی سٕتنز سفید ٹوپہِ تہٕ سبز کوٹھس پٕٹھے حاژہ
نظرِ نتراوان ٲسی ۔

مپل ژو مبرٕ ٹیکِتھ سکھیوٗ تَس اَکھ زاٹی کادنہٕ کرٕنت تِمس خوش دلہ

سلام۔ یہ اوس ڈاکٹری عملک زٕنیٹھ اکھ ڈاکٹر۔ سُہ آو اُکِس پرٛد دارکِس مَنٛز
ہیرِ یِس نَنہٕ دیکھ، تَمِس سٟتۍ اوس بیاکھ جوان ڈاکٹر بیہِتھ۔ ہیرِ یِس
پٮ۪ٹھ نَو وِہِتھ کوٚر تٔمۍ فرا کھنس آو یٟمِس کو چواہٕ سٟتۍ بجایہ بیہِتھ اوس تہٕ
دوٚ بینِس کھٹُہ۔

"کیتھٕ پٹھ! عالی جناب تۄہیٚ کیٚتھہٕ کٔنۍ یوٗرۍ؟" ڈاکٹرن پرٛژھ۔

"اوہ! مےٚ دوٚپ نظارٕ دِمو..."

"اد جان۔ وۄنۍ چھِو لایق آسی کیٚنہہ...." ہیرِ ڈراو بگہٕ مَنٛز نیبر
تہٕ کٔھرٕ یوٚو ڈاکٹرس سٟتۍ کتھا باتھ کرٕنہٕ تہٕ تَمِس بنیہٕ جنگس مَنٛز حصہٕ
نِنک مقصد بہٕ فکرِ نارٕنہٕ۔

ڈاکٹرن دِیُت ہیرِ یِس سیوٗدُے عالی مقامس سمکھنک مشورٕ۔

"تہٕ کیاہ ازٕ لڑایہ وِزِ آسکھ ژٕ نظرِ ڈلیتھ خبر کٔرِتھ؟" تٔمۍ دوٚن پیٹھٕ نِس
جوان سٟتۍ باعیس۔ "تہٕ عالی مقام چھےٚ ژٕ سےٚ بہرحال زانان۔ سُہ کری
ژےٚ پَنٕنہٕ سان استقبال۔ مشابہٕ دوستہٕ بہٕ کرٕ ہانی۔" ڈاکٹرن دوٚن۔

ڈاکٹر اوس تھوٚکمُت تہٕ وُناولی مَنٛز باسان۔

"بہٕ چھےٚ بیانی زراے.... مگر بہٕ چھُس ژےٚ بیاکھ کتھ پرٛژھان
بہٕ ژھینہٕ۔ محاذ کَتِتھ چھُ اصلی؟" ہیرِ یَن دوٚن۔

"محاذ؟" ڈاکٹرن دوٚن۔ "تور چھےٚ مشابہٕ وَتھ۔ ژٕ گژھ تاتاری نوِ دو
ننہٕ چھُ سٟتۍ پانٹھ سٟتۍ پانٹھ کٔھنہٕ یوان۔ نَنہٕ دانکھ ژٕ اُتھِ اَکِس یٹھِس
بیٹھ۔ نَنہٕ بیٹھ چھُ بوزنہٕ یوان۔" ڈاکٹرن دوٚن۔

"نَنہٕ بیٹھ نظر ترٛاوِ؟...... اگر ژٕ..."

مگر ڈاکٹرن گۄڈٕ مَنٛز کَتھ تہٕ پوک کِیٛس کٔن۔

"بۆ ہاو ہے ژئیے وَنہٕ ۔ مگر ژٕ والیس یِنہٕ وُچھ (ڈاکٹرن کرٕ ماسنے وار حرکتھ)" بہٕ چھُس کور کمانڈرس نِش دوران ۔ اُسی چھِ عجیب پریشانی منٛز وُچھو ..... بوز کنٹوٹ، یِگاہ لگہٕ لڑٲے ۔ فوجہِ ہِنٛدِ منٛز گژھن کٔمس کم وٕہ ساسہٕ چھِو کہ لَدٕ ۔ سٲنِس ساسَن ہِنٛدٕ خاطر تہٕ چھِنہٕ اَسہِ ڈانجرٕ، جار بایہ، خذمتھ گار نہٕ ڈاکٹر ۔ دٕہ ساس یِگہٕ چھِیے مگر باقے چیز چھِ یِیہٕ ۔ اِنسانس چھُ بیٛوان کُنہِ وَنہِ یا کٔھرِ بناوُن ۔"

پیٛرے لَس گوٚ یہِ عجیب خیال یِتھہٕ سَنٛح اثر زِ ییم ساسہٕ بدی زِندٕ اُرِی تہٕ دُری جوان تہٕ بُڈ ییم میانہِ ٹوٚپہ بیٛٹھہٕ کُنی اَسان نہٕ گِنٛدان مٕدے گُنٛڈِ یِتھہٕ لُطف نَلان اُسی بیمٕوسے منٛز چھُ دُہن ساسن چھِو کہٕ لَدٕ یا مارٕ گژھن (شاید، ہمہٕ نیے نفرتا ییم ہیٛتے وُچھو) ۔

"ییم مرَن ظاہرا یِگاہ ۔ ییم کِتھہٕ کُنی ہونہٕ وراے بیٛبیہ کنیگ سونٛچتھ ہیکان ؟" خیالن ہِنٛزِ کمہِ تاثِ اَندرٕ مہِ نارٕ کاجہِ کُنی آیہ تٔمِس موزیکہ کیٛنہ کوٚہی علاقن ہِنٛز اکھ زِندٕ تصویرٕ، چھِو کہٕ لَدن ہِنٛزٕ یِگہِ، گٲنٹھ، دولہٕ بیٛوون تا بیٛچھ تہٕ رسالہٕ رجمینٹہٕ ہِنٛد گیوُن اُچھین تَل ۔

تَمہِ آسہِ لڑٲے کرنہٕ بیٛران ۔ چھِو کہٕ لَد سپاہی سمکھتھ کٔھرے تہٕ تَم اکس ژٕ ہس تہٕ یہ سونٛچنہٕ زِ اَما اسہِ کیٛا آسِن لیوٚ کھُمت ۔ تِمہِ یکی پانس تہٕ زخمی سِنٛزی یا جَن گُن کرہٕ یکھہٕ اُچھِ ناٹہٕ ۔ "ییمہٕ وِے منٛز چھُ وُہن ساسن مارٕ گژھن تہٕ ییم چھِ میانہِ ٹوٚپہ بیٛٹھ حٲران ۔ عجیب !" پیٛرے اوس تاتاری نوو وکُن یِکان یِکان سونٛچان ۔

سڑکِ کھوورِ کُنی آسہٕ اکس شُریف اِنسانہٕ سٕنٛدِس مکانس ژٕ دنٛجھہٕ کنہٕ یِگہِ، رِیڈ تہٕ اردلی تہٕ سنتری ہِنٛز چھِیو کرٕ ۔ کمانڈر چیف

اوس ٲنی روزان۔ مگر ییٚمہِ وِزِ اوٚنن ووت تٔمۍ وُچھ تٕمی مقام تہٕ
تٔمۍ سُند سوٗرٕے عملہ دٕرامُت۔ تِمو ٲسی گرجس منٛز عبادتھ کرٕنۍ گٔمتۍ۔ ییٚمرٕے
دٕراو بٔرٕ دٔنٛتھ گورکی بیٛٹھ۔ تٔمۍ وُچھ بٔگۍ چڑا یہ کھاٚلِتھ تہٕ ٲکِس گامہ کوٚتِس منٛز
واتنتھ گوٚڈٕ رِچھہ لٔٹہِ ملیشاہکۍ گرٕ لیٚسی سفید کٔرنٕنہ تہٕ ٹوبیٚن کرٕ اسس لاگٕتھ۔
تِمہ ٲسی بَڈٕ بَڈٕ کھٕنٕہ کٔرِان تہٕ ٲسان، جوشہٕ آہتی تہٕ عارفہٕ ہتٕ ٲکِس بجہِ ڈیٚکہِ
ہتی ہتی بٔنِتھ بیٛٹھ گاسہٕ کھوٚتمُت اوس۔

تِمو منٛز ٲسی کیٚنٛہہ مٕٹہٕ کھنان تہٕ بیٚیہ کیٚنٛہہ ٲسی بہٕ مٕٹہٕ ہگرن بیٛٹھ
ساران بیٚیلہِ زٔن اکھ تٔر یٚنیم جما نٕہاٛپے کاروٕ دٕنی ٲسی۔

زٕ افسر ٲسی ڈیٚکہِ بیٛٹھ ووٕ دٕنی تٔمِس ہدایاتھ دِوان۔ ییٚمرٕے بَن
بیٚیلہِ ہیم گٔرٕ لیٚسی بیٛتہ نٔسِ فوجی بنٛہ کٔس نٕورسس ٹاکارٕ مُرزٕ تٔلان وُچھ تٔمِس
بیٚیہ بیٚیہ تِمہ موزٕ یکلی چھیوہ کٕہ لٔد سپاہ یاد تہٕ تٔمِس نوٗر فکرہ زِ تٔمۍ سپاہن
کٔیا ونیوو۔ "ہیم چھِ سارِ نے لٔکن نٔرٕ ھالن یکہٕ وٕٹہ سوٗمہ آونھ اینۍ۔

ییٚمرٕے بَن بیٚیلہِ ہیم رٔلِیل گرٕ لیٚسی بَدٕ پے اوٗگری نھوٗ گرٕ سی لۍ ٹھ
لاگِتھ، عارفہٕ ہٕرٕ گرٕ دٕنہ ہٕنتھ تہٕ کُنہ کُنہ گُرٕ تٔنن ہٕندی بٔٹن بیٚلہٕ تٕر آونھ
نابہٕ سٕنتی دٕرمٕہٕ گرٕ دٕنہ ہٕنٛزٕ اٚڈی جبہ ھاوان وُچھ تٔس گو امہ گرٕ ہٕنزٕ سٔنجیدگی
ہٕنٛد نٔتیجہٕ سٕنٛخ اثر تٔتھ پٕٹھ تہٕ اَز تامی کُنہ چیٖزُک گوٚمُت اوس۔

# ٢١

بیرے دراو بگہِ منٛز ہیبر نہٕ ہیوٚ صحت کشن گژھ لبنو کینی بکان کھوٚت
اَکھ ڈیکہِ بیٖمہِ بیٚٹھہٕ ڈاکٹر شُندِ و نہٕ کینی۔ جنگک سوٗرِ سے آوان بوزنہٕ اوس
یوان۔

جنٛچہِ کاہ نَیے آسہٕ۔ اقبالہٕ اوس بیرس بیٚنیٚ کینی ہنا کھوورِ
رکنہٕ نہٕ تمس اوس نفرژ بیٚٹھہٕ دیان شوٚرِ سُس نہٕ دماغ ہیوٚ مٲنز وسی
طبقہٕ دار وادی ہُند منظر تا کیٛو چھیادان بوزنہٕ یوان۔

سمولنیک گژھنہٕ ونی وز ہیج ہیڈ سٹرک اوس اَمی طبقہٕ دار وادی
منٛزی نیرِ آسہٕ اکہٕ کھوورِ اندٕ ہیری منٛز طرفہٕ زہ حصہٕ کران نہٕ اکہٕ گامہٕ
منٛزی نیران نیتہٕ منٛز۔ ڈیکہِ بیٚٹھہٕ پانٛژھ ہتھ قدم دور اکھ سفید گرجہٕ
اوس بور و دِتو۔ گامہٕ بوٚن وُستہٕ اوس اَکھ سٹرکہِ اکھ گُدل یوان
نہٕ بیتہٕ آسہٕ ور کھوالہٕ بٹھن گرا کھسان نہٕ گرا وسان۔ والیفہٕ گامس
تانیٚ کھسان۔ یہ گام اوس شیٚیے میل دور نہٕ بینو لیٖن اوس وُنکین
آتی۔ والیفہٕ بیٚنیٚ کینی آسہٕ یہ سٹرک اکس جنگلس منٛز راوان یمہ
کس لیڈرس رنگس اسمانس ستی کنے واٹھ اوس۔ برنٛج نہٕ پانٛژ اکلین
ہندس اکہٕ جنگلس منٛز اوس سٹرکہِ دُچھنہٕ کینی گلوژکی گرجک گژھ اس
نہٕ گاشہٕ گرہ شولہِ ماران بوزنہٕ یوان۔ اکہٕ تیلس وُسجارس منٛز اوس
سٹرکہِ نہٕ دینگاس دُچھنہٕ کھوورِ جایہٕ جایہٕ الاوُن ہُند نہٕ دہ نہٕ سانہٕ نہٕ

دُشمنہٕ سٕنٛد فوجہِ چھہٕ ڈیٚھر بوزنہٕ یِوان ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

دُجھِ کٕنۍ نیٚبٲرۍ کٕلوٚ یِوانہٕ ماسکو وا دُرِیاوٕ وسان آسی نیٚبٲرۍ آسی اَکھ علاقَس کھیٚبہٕ کھٔنَن نہٕ ہٕٹھی بیٚہِر۔ کھیوٚ مٕنٛزِ آسی بٕہرٕ بوٚوا نہٕ زبادٕ نوٚ گام نظرِ یِوان۔ کھیوٚ رِ اَندٕرکٕ علاقہٕ اوٚسُس اَمہِ کھوٚہ نہٕ سیٚمہٕ سوٚنٛزر۔ اَپارۍ آسی کھٕل کھاہ نہٕ اَکھ دَز دُن گام سٕمبو تُو سکے بوزنہٕ یِوان یِنھ نار اوٚسکھ دُشمنَن۔

ییٚرِے بہٕ کینٛژھا وُچھان اوٚسُس نہٕ اوٚسُس سورُے نیٚتھٕنا گوٚٹ زِ اَمہِ مُتعلق کانٛہہ خیصہٕ اوٚسُس نہٕ تٕمی سٕنٛدِس اَندازَس سیٹھا واتھ کھیوان۔ تٔس یُیہ جنگُک آداس دُھنٛک تو فواہ اوٚسُس شہٕ اوٚسُس نہٕ کُنہِ صرف آسی کھاہ، یِنٛرۍ، فوج الاو، گام، ہٕٹھی کوٚلہٕ، تٔمِس لوٚب نہٕ اَکھ زِ بٔنٛد مُنتظرَس سیٹھا کوٚشش کٔرٕ نھ تہٕ محاذ کُنہٕ۔ تٔمِس تٕچ نہٕ ییٚتِس نہٕ دُشمنہٕ سٕنٛدِس فوجَس نہٕ فرق کٔرِنہٕ۔

"سٔتیٚ ہِیٚنہِ کانٛسہِ یِنٛہِ زھُن یِتِمس بہٕ فِکرِ تران آسِہ۔" تٔمی سوٚنٛچ نہٕ کرِٚن تٔس افسرَس سٕتی کٔتھہٕ یُس اَمی سٕنٛدِس باگہٕ تٔرِ تس غار فوجی یانٔس نھٔلہِ نھٔلہِ وُچھان اوٚسُس۔

"بہٕ ہیٚکا توٚہہِ یِتِمہٕ زٕھِتہٕ۔" ییٚرِے یِتِ ووٚن۔ "ہٕہ کُس گام چھُ اَسہِ یِرٕ دٕتھہٕ کٔتہٕ؟"۔

"ہُہ دِیو چھہٕ اَکھ وَنان؟" اَفسرَن ووٚن یِنہٕ تٔس سٕتی باجِس کُن سوٲلی نظرِو وُچھان۔

"لوٚرو دِلو" تٔمی سُنٛوُرنَس۔

"نوٚن اوس زِ افسر گو کٔتھہٕ کرٕنک سوقہٕ یتھ خوش نہٕ شُہ گو ییٚرِے یَس نزدیٖکھ۔

"ہُم چھا ساتی نفر ہیٚتِن؟" ییٚرِے یُی پیٚرٕ زھنَس۔

"آن۔ تہٕ ہُمہٕ دُور یِہن چھہٕ فرا آشیہ۔" افسرَن ووٚنُنَس ہُہ کیا چھہٕ ہیٚپارِ کرِ ییٚنہِ بوزنہٕ۔

"کِنہٕ ہٕکنہٕ؟" ییٚرِے یِن پیٚرٕ زھہٕ۔

"ہُہ وُچھہٕ۔ دُر ہیٚپہِ وراسے ہے چھہٕ بوزنہٕ یِوان۔" اَفسرَن کوٚر دُرِیاوٕ اَپارِ

کھوٚورِ وچھتھٕ دِنس دہِس کُن اشارٕ تہٕ تٔمی سندِس تُھکِس بیٹھ نِنے بہ سوٕ یِ شُنجید تہٕ سَنج باوَتھ یوٚسہٕ ہیپرے بَن اَکٕز سمکھن والین ہندین تُھکین بیٹھ وُچھنٕ آس۔

"آہ! یِم چھِ فرانشی! تہٕ یِم؟۔۔۔۔" ہیپرے بَن کوٚر کھوٚورِ کَمی اَکِس ڈیکہ کُن اشارٕ یَتھ اَوَر یور فوج بوزنہٕ اوس یوان۔

"یِم چھا سانی لشکر"

"اوٚہ۔ ٹھیکھ چھُ! تہٕ یِمَن؟۔۔۔" ہیپرٕ بَن کوٚر وۄنۍ بییس ڈیکہ کُن اشارٕ یتھ بیٹھ اَکھ بوڈ گُلہٕ اوس تُھنہٕ یوسہٕ اَکِس تُھکِس گامس نزدیک آسن، یُس بالو منزٕ اَکہٕ کھَسیہٕ کِنہٕ لوٚزنہٕ اوس یوان۔ اَتہٕ اوس کیتاہ نا کڑہٕ ہنا تہٕ بییہٕ الاوَن شُند دِہ بوزنہٕ یوان۔

"ہے۔ یہ چھُ بییہٕ سُے،" افسرَن وۄن تہٕ یہٕ اوس شوارٕ دِتھ (یک مورچہِ) "رانتھ اوس یہ سون مگر اَتہٕ چھُ یہ تٔمی سُند یا"

"یتھ کیا چھُ سانہٕ محاذُک حساب؟"

"سون محاذ؟" افسرَن وۄن اطمینانہٕ سان وُٹھہٕ کُمبار کرتھ۔ "یہ ہا کیہٕ یہ وارٕ یا ٹھی فکرٕ نارِتھ نہٕ کیا نہٕ، سےٚ چھُ یورٕکی ساری محاذ یِتھ اوس مَنزٕ حِصہٕ تمُنت۔ وُچھ، ہُتہٕ چھنا ہٕنِن یوٚر دوٚدنو، اَتہٕ چھُ سون مرکزٕ۔" تٔمی کوٚر تِتھ گامس کُن اشارٕ یُس تِتھی بٕرو نُتھ کِنہٕ اوس نہٕ ییینہٕ سفید گرہ جہٕ اوس۔ "ہُہ گو کُلو چادری یاوُک نار۔ ہُہ چھکھ وُچھان یا تُھلِس بتنِن نوشنت گاسہٕ ژیہ چھِ، اَتھِن چھُ گُدل۔ یوٚہوے چھُ سون مرکز۔ سانی وُچھنی یکہ چھپے ہُتیاری دور۔" (تٔمی کوٚر وُچھنی کِنہٕ یاتی مَنزٕ باگ اَکِس سُتٕرِس کُن اشارٕ) "ہُہ گو ماسکووا دُری۔ اَتہٕ چھِ اَسہٕ تِمہٕ سےٚ مضبوط مورچہ بنا ئٕ متی۔ کھوٚورِ یکھ۔۔۔" اَتھِن وُتِیت افسرَن

دَم " بہٕ چھُس فِکرِ نارٕن مُشکِل - بوز.... راتھ اُس سانِہ کھوورِ یِکہٕ ہٕنٛز شوار دِنہٕ۔ وُچھان چھُکھ تِہنٛز شاہ بلوط کُلِس تَلِس - مگر وۅنی چھِ اَسہِ کھوورِ یکہٕ تِہنٛز وٕشتِنہٕ اَنِ ٹرِ - وۅنی چھےٚ بہٕ ہٕنٛز - نہٕ چھُکھ وُچھان گام تہٕ دِہ - یہ گوشیونو سِکے تہٕ ہٕنٛز --- وُچھ -" تَمہِ کوٚر ربوسکی سِنٛدِس ہورچِس کُن اِشارٕ -

" وۅنی گو زیادٕ مُمکِن چھُ لڑہ آسے سیدے نہٕ اَتہِ - ہُمہِ چھُ فوج ہٕنٛز وانتوو مُت مگر یِہ چھُ ژھل - اُمِس آسہِ شاید وُچھمِت کیٚنہہ اَندکہِ اَندی بَن - خارادٕ وۅنی بِیہہ کیٚنہہ یا تِہنٛز کیٚنہہ یِکہٕ چھِ حاضری بیٚٹھ آسن سیٚٹھا لکھ غایب -" افسرن وۅن -

بُڈ سارجنٹ تُس افسرِ سِنٛد کتھ کرَن وِزِ اوٚتُن ووتمُت اوس سُہ اوس ژھوہ بہٕ دَم کرِتھ زِ ہُٹس افسرس کتھ موکلاوِنس تیار بوٚمُت مگر اَمہِ وِزِ کرِ تَمہِ ناراضگی ژورِ تھاوِتھ اُمی سِنٛدٕنہِ پَنٛنہِ مَن لفظَن بیٚٹھ مُنتزر کتھ :-

" اَسہِ چھِ کھوٚنی اَنہٕ ناوِنی -" تَمہِ وۅن سختی سان -

افسر اوس باسان خجِل گومُت زَن تَس پوٚرٕ خبر آس زِ اگر بہٕ سوچہٕ ہا تہٕ زِ یِکا یِہنٛز کیٚنہہ آسَن ... غایب سےٚ پَنٛزِ سےٚ تہٕ اَژ کتھ کرِنی -

" ٹھیکھ چھُ - یِہِندہِ سوزُن تہٕ ہیٚم کیمپس -" تَمہِ وۅن تَلِن تَل - " مگر ژکُس چھُکھ - ڈاکٹرو مُنتزر تہٕ چھُکھ نہٕ -"

" نہٕ - بہٕ چھُس نہٕ خاص کُنہِس -" پیٚپرس تَن وُنتِنس جواب تہٕ گرٕ پیٚمی ملیشا والین کیٚنہہ یِکان ووٚتھ پُھٹس پوٚن -

" اہ بدبخت وحشی !" افسرَن وۅن نسٛتہٕ کشان تہٕ پیٚپرس تَیس تِہُند تیمو کیٚنہہ تیز تیز یِکان -

" یہ کیا آے !... ییم چھِ اُمِس یکہٕ ناوان - ییم چھِ پوٚرِ یکان..

آگیا چھے ۔ ۔ ۔ ۔ اُکس منٹس منٹز واتن یم لوٗری ہمشگہٕ نہٕ مشگہٕ گبہٕ کٔرکہٕ تہٕ افسر، سپاہ تہٕ گژھبی دورے سٹرکہِ ۔ ۔ سٹرکہِ ہٕرو ٹھٕ ۔

بورد دِو بیٹھ آمت گرِ حیک اکھ جلوٗسس اوس اور بالس کھالن ۔ یمن ہٕرو ٹھ ہٕرو ٹھٕ اُس پادل فوج اکھ رجمینٹ گرہ دِلد سٹرکہِ چپاقی یا کھٹی مارچ کران ۔ یم آسی وہ ڈُنی تہٕ لوٗ ندوٗق لوٗن کُن کھٕرِ تھ ۔ یمن پتہٕ پتہٕ اُس گرِ جہ کہِ گمو ہٕچ آواز لوان ۔

سپاہ تہٕ گژھبی ؤکھر وہ ڈُنی اکھ بُتھ سلام کرمہٕ تہٕ واتی پرےلس نِشہٕ ۔

"یم چھِ پاک ماجہ پکناوان اسٕنی راچھ در ۔ الیورسکی ہٕنج پاک موج ۔"

"سموٗلنکج پاک موج ۔" دوٗیمو کرِ اُمس دُرستی ۔

یم ملیشا والی گامس منٹز آسی تہٕ یم توپ خانس ستھی کام کران آسی ہمو دِق بیل بھٕر دآرِ تھ تہٕ دورے جلوٗسس ستی رلنہٕ خاطرِ ۔ گرد ٹوپکہٕ وِنس بٹالیئن پتہٕ پتہٕ آسی گرِ جلکی حیو غٔرہ لاگی لاگی یادری ۔ اکھ نیٖک نیمک یُڈ یُس کنہٕ ژٕوپہٕ دِتھ اوس تہٕ تُس پتہٕ پتہٕ آسی جاں فرباش لو کیٹھ یادری تہٕ گیون والی ۔ یمن پتہٕ پتہٕ آسی سپاہ تہٕ افسر رھہ یہٕ پشدِس فریمس منٹز اکھ تصویر ہتھ پکان یوسہ یُتھِ ہتاتھو تہٕ آس آمژ ۔ یہ اُس سو پاک شبیہ یوسہ سموٗلنک بیٹھ اُنی مژ اُسکھ تہٕ تتہِ بیٹھ اُس فوجس ستی ستی تھاونہٕ آمژ ۔ اتھ اُندی گیکو آسی چھو کو وہ ڈُنی سپاہ لوٗن کُن نمتھ پکان یا دوران ۔

بالہٕ تینتھاٹس بیٹھ واتنہٕ ٹھہرو یہٕ جلوس ۔ یم سپاہ

نوٹ ۱ حضرتِ مرحوم ہمشیرا کہ مرشدِ شاہ او

